# کأشِرِس

# فوٗک لورِس مَنٛز

## وسط ایشیاہک تذکرٕ

ڈاکٹر آفاق عزیز



# ہماری معیاری کتابیں

دانشوروں، محققوں، اساتذہ، طالب علموں، ذاتی کتب خانوں، اسلامی اداروں
مسلمانوں کے لئے بالعموم اور کشمیری مسلمانوں کے لئے بالخصوص ایک نادر بیش بہا تحفہ



ردوغزل کی ثقافتی اساس ڈاکٹر شبینہ پروین

تاریخ اسلام (تین حصہ سیٹ)

اقبالؒ اور کشمیر
سلیم خاں گمی

ضرت جُنید بغدادیؒ ضیاءالحسن فاروقی

اسرار خودی (منظوم کشمیری ترجمہ) غلام احمد ناز

قدیم ترین جغرافیہ جموں وکشمیر
ٹھاکر اچھپر چند۔ کالہن پنڈت

شمیری لوک کہانیاں (تحقیق اور ترجمہ) رسول طاؤس بانہالی

برصغیر میں اسلامی کالچر پروفیسر عزیز احمد

ارادبی اور فکری سفر جیلانی کامران

عکس کشمیر صابر آفاقی

اقبال عشق رسول ﷺ کے آئینے میں
ڈاکٹر مشتاق احمد گنائی

رت خلفائے راشدینؓ منصور عالم

تاریخ الجزایر (اقصائے مغرب) مولوی محمد علی دیقی

سید جمال الدین افغانی (منتخب معالات افکار تازہ)
ڈاکٹر حمید نسیم رفیع آبادی

لام حسن معہ پیغام حسن غلام حسن

سائنس فکر اور ہم عصر زندگی ثاقب رزمی

کاشُر شاعری منز وسط ایشیائی جایَن ہندی ناو
ڈاکٹر آفاق عزیز

رت اور اردو زبان وحید نسیم

کشمیر تاریخ کے آئینے میں ایم۔اے۔خان

یائے کشمیر پیرزادہ محمد طیب حُسین نقشبندی سہروردی کشمیری

تاریخ معرکہ حق و باطل شہید محمد ضعفر النمیری

لامی مُعاشرت ڈاکٹر جی۔ایم۔شاداب

کشمیر کے ریشی صُوفیا۔ ڈاکٹر جی۔ایم۔شاداب

# کأشرِس فوٗک لورس منز

## وسط ایشیاہک تذکرٕ

ڈاکٹر آفاق عزیز


پبلیشرز




Email:infokitabmahal@gmail.com

نزدیک جے اینڈ کے بینک، بٹہ شاہ محلہ

لال بازار سرینگر کشمیر- 190023

Phone: 2503395 Cell: 7298807671

# ہماری معیاری کتابیں

دانشوروں، محققوں، اساتذہ، طالب علموں، ذاتی کتب خانوں، اسلامی اداروں
مسلمانوں کے لئے بالعموم اور کشمیری مسلمانوں کے لئے بالخصوص ایک نادر بیش بہا تحفہ



اردو غزل کی ثقافتی اساس ڈاکٹر شبینہ پروین

تاریخ اسلام (تین حصہ سیٹ)

اقبالؒ اور کشمیر
سلیم خاں گمی

حضرت جنیدؒ بغدادیؒ ضیاء الحسن فاروقی

اسرار خودی (منظوم کشمیری ترجمہ) غلام احمد ناز

قدیم ترین جغرافیہ جموں و کشمیر
ٹھاکر اچھپر چند۔ کالہن پنڈت

کشمیری لوک کہانیاں (تحقیق اور ترجمہ) رسول طاؤس بانہالی

برصغیر میں اسلامی کالچر پروفیسر عزیز احمد

ہمارا ادبی اور فکری سفر جیلانی کامران

عکس کشمیر صابر آفاقی

اقبال عشق رسول صلی اللہ علیہ وسلم کے آئینے میں
ڈاکٹر مشتاق احمد گنائی

سیرت خلفائے راشدینؓ منصور عالم

تاریخ الجزایر (اقصائے مغرب) مولوی حمد علی دیقی

سید جمال الدین افغانی (منتخب معالات افکار تازہ)
ڈاکٹر حمید نسیم رفیع آبادی

کالام حسن معہ پیغام حسن غلام حسن

سائنیس فکر اور ہم عصر زندگی ثاقب رزمی

کاشُر شاعری منز وسط ایشیایی جایَن ہندی ناو
ڈاکٹر آفاق عزیز

عورت اور اردو زبان وحید نسیم

کشمیر تاریخ کے آئینے میں ایم۔اے۔خان

اؤلیائے کشمیر پیرزادہ محمد طیب حسین نقشبندی سہروردی کشمیری

تاریخ معرکہ حق و باطل شہید محمد ضعفر النمیری

اسلامی معاشرت ڈاکٹر جی۔ایم۔شاداب

کشمیر کے ریشی صوفیا۔ ڈاکٹر جی۔ایم۔شاداب

# کأشرِس

# فوٗک لورس منز

## وسط ایشیاہک تذکرٕ

ڈاکٹر آفاق عزیز

پبلیشرز




Email:infokitabmahal@gmail.com
نزدیک جے اینڈ کے بینک، بٹہ شاہ محلہ
لال بازار سرینگر کشمیر۔ 190023
Phone: 2503395 Cell. 7298807671

ناشر: کتاب محل (رجسٹرڈ)

کتابہِ ہُنْد ناو: کاشرس فوک لورس منز وسط ایشاہک تذکرٕ

نام مصنف: ڈاکٹر آفاق عزیز

ؤری: 2015

زیرنگران: شیخ بشیر احمد

کمپیوٹر کمپوزنگ: حاجی محمد یاسین

سرورق: شیخ محمد وسیم

چھاپ خانہ: ینگ پبلیشنگ ہاوس دہلی

آئی۔ایس۔بی۔این: 81-87219-08-4

مزید معلومات کے لئے ہمارے رجسٹرڈ آفس سے رابطہ قایم کریں۔

پبلشرز:




نزدیک جے اینڈ کے بینک، بنہ شاہ محلہ
لال بازار سرینگر کشمیر- 190023
Phone: 2503395 Cell: 7298807671
Email:infokitabmahal@gmail.com

# فہرست مضامین





# عرضِ ناشر

بہٕ چھس پننِس والدِ مرحوم و مغفور حاجی شیخ غلام محمد سُند بے حد شُکر گذار تہٕ احسان مند زِ تمو گر مے لوکچارس منز دینِ اسلامچ تربیت۔ دراصل چھُ سون خاندانہٕ ابتدا پیٹھہٕ وادی کشمیرس منز علم تہٕ ادبکۍ شمع روشن کران روٗدمُت اتھ جذبس تحت اُوس میوٚن مرحوم بُڈی بب شیخ عبدالغفار سرینگرکس پرانس شہرس منز چھوٚبلہٕ کتابن ہُند اکھ بوٚڈ بارٕ دُکان چلاوان۔

اتھ سلسلس منز کوٚر تمو اورادِ فتحیہ تہٕ اورادِ قادریہ چہِ اشاعتچ بابرکت کآم شروٗع۔ امہِ وِزِ اُوس نہٕ ییٚتہِ دوٗر ردوٗرتام کتابہٕ چھاپنگ کانٛہہ وجوٗد۔ چھوٚبل اوس تتھ زمانس منز تجارتُک اہم مرکز میأنس مألس شیخ غلام محمدس روٗد اللہ تعالیٰ سُند فضل تہٕ احسان شأملِ حال۔ تمو تھآو ہمت مردان مددِ خدا، کُس اصوٗلس پیٹھ کاربند روٗزِتھ باقی کتابن ستۍ ستۍ علمی ادبی تہٕ دینی کتابن تہٕ جریدن ہنٛز اشاعتچ کآم شدومدسان جأری۔

اللہ تعالیٰ ہن بخش تمن اتھ برکژ واجینٛز کام منز تیژ کامیأبی زِ تمن پیوٚ مہراج گنج پیٹھ سرینگرٕکس تأریخی بازر ماسمہ لالچوک منتقل سپدن ییٚتہِ تمو سأری سے ریاستس منز "شیخ غلام محمد سنز" تاجران کتب کہِ ناوٕ شہرت پرٛآو۔

یتھہٕ پأٹھی چھےٚ سأری سے کٔشیرِ منز علمی ادبی، تہٕ دینی ذوق پآد کرنہٕ خأطرٕ کتابن تہٕ جریدن فروغ دِنس تہٕ یمن شایع کرنچ سعادت میأنس مرحوم والد

صأبسےٕ حاصل۔

یتھٕ پأٹھی چھُ تمن اسلأمی، ادبی تہٕ علمی کتابن ہنٛدِ اشاعتچہِ کامہٕ منٛز یقیناً سایقون اولون کہِ رُتبہٕ حاصل۔ تِم روٗدی تاحیات (۱۹۹۳) تھس تام کشمیر بُک سیلرز تہٕ پبلیشیرس ادارُک صدر۔ تہُندِ گذرنہٕ پتہٕ روٗدی أسی تسلسلہٕ سان یہ بابرکت کاروبار جأری تھأوِتھ۔ یتھٕ پأٹھی چھِ أسی ازتہٕ پننس والدِ مرحوم ومغفور سٕندِ اعلیٰ تہٕ ارفع مخلصانہ آبیأری کران۔

ونٛیک تام سپدی أسی شمارٕ روٗس اسلأمی ادبی تأریخی سمأجی تہٕ نایاب کتابہٕ لوٗکن بروٗنٹھہٕ کُن انٛنس منٛز کامیاب۔ خدایہٕ سٕندِ یرٛھنہٕ ستی روزو أسی بروٗنٹھ کُن تہٕ یہ ذمہٕ دأری بہ حُسن خوبی سرانجام دِوان۔

یتھ کتابہِ ہنٛدِس اشاعتس منٛز یمو دوستواسہِ دست تعاون پیش کوٗرتہٕ پوٗرٕ دل جمعی تہٕ جانفشأنی ستی کأم کٔرِتھ یہ کتاب دیدہ زیب تہٕ قارئین خاطرٕ عام فہم بناوٕنس منٛز مےٚ اتھٕ روٗٹ کوٚر بوٚ چھُس تمن تمام دوستن وٕزھ وأنٛجہِ شکریہ ادا کران۔ بوٚ چھُس آیندٕ تہٕ تہُندِ دست تعاونٛکی خواستگار پرٛن والین تہٕ چھےٚ میأنی گذأرش زِ یہ کتاب پرٛنس دوران اگر تمن کُنہِ تصحیح ضرورت محسوٗس سپد تِم کران اسہِ مطلع تاکہِ دوٚیمس اشاعتس منٛز ہیکو أسی اتھ تلأفی کٔرِتھ۔ یہ کتھ چھےٚ ویٛنن لایق زِ یہ کتاب چھےٚ اکھ شہکار یوٚس بوٚ پرٛن والین ہنٛدِ خاطرٕ بطور خاص پیش کران چھُس۔

وما علینا الی البلاغ

تہُندِ تعاونٛک خواستگار

شیخ بشیر احمد

کتاب محل (رجسٹرڈ)

بوہرٕ شاہ محلہ اول بازار سرینگر

# پیشِ گفتار

کشمیر یونیورسٹی ہُند سنٹرل ایشین سٹیڈیز چھ 1978ء پیٹھ مختلف مضمونن منز تحقیقی کیو تنقیدی کأم جأری تھأوتھ یتھ منز تأریخ، جغرافیہ، اقتصأدِیات، سمأجیات، آرکیالجی، ایجوکیشن، سنسکرت، فارسی تہٕ کأشُر تہٕ شأمِل چھ۔ یوٚ تام سنٹرل ایشین سٹیڈیز کہِ کأشرِ شعبُک تعلق چھ، أمی چھِ "وتبتا کأشُر گرامر" تہٕ "ملکھا" ناوٕکی تِتھی زٕ اہم تحقیقی مقالہٕ تیار کٔرِتھ چھاپ کٔری ءمتی یمن منز ہر لحاظہٕ تحقیقی نوبر چھُ ییمہِ کِنہِ پرٕتھ سطحس پیٹھ یہنز پزٕی رأہی سپز۔

"کأشرِس فوک لورس منز وسطہِ ایشیاہُک تذکرٕ" چھُ اَمی نوعیتُک بیا کھ اہم مقالہٕ یُس ڈاکٹر آفاق عزیزن مُختصر وقتس منز تیار کوٚر یتھ منز کٔشیرِ تہٕ وسطہِ ایشیاہکی قدیم رشتہٕ فوک لورچو مختلف صِنفو حوالہٕ وٕرٕ ھناونہٕ چھِ آمتی۔ کُنہِ چھےٚ یہنز عکأسی مذہبی، لسأنی، اقتصأدی تہٕ کُنہِ سیأسی ماحولُک سہارٕ نِتھ کرنہٕ آمٕژ۔ بعضے چھےٚ تلمیحن ہِندِ مدتہٕ رِشتن ہنز قُربت ہاوٕنہٕ آمٕژ تہٕ کُنہِ چھُ اَمی باپتھ کأشرِ وَن وننُک، کہاوژن، دلیلن، مقولن،

پریژن، لڑی شاہ، رۆو تہٕ نیٚنٛدٕ بأتن ہُنٛد استعمال کرنہٕ آمُت۔

کأشرِس فوک لورس متعلق چھےٚ وُنیکتام واریاہ کأم سپٕز مٕژ مگر ڈاکٹر آفاق عزیزنہِ دٔسی تیار کرنہٕ آمُت یہ دردست مقالہٕ چھُ یِیمہِ لحاظہٕ مُنفرد تہٕ اولیٖن زِ اتھ منٛز چھِ کینٛژَن وسطہِ ایشیأیی زبانن تہٕ تہذیٖبن ہٕنٛدی اثرات نمایاں۔ یِیٚمہِ ستی کٔشیرِ تہٕ وسطہِ ایشیا کین پرانین لسأنی تہٕ ثقافتی رشتن ہٕنٛز نشاندٕہی سپٕز چھیٚہ۔

یہ تحقیقی مقالہٕ چھاپ سپدنہٕ ستی کھُلن اَمہِ موضوعکہِ حوالہٕ نٔوی گوشہِ یِم تحقیق کرن والین ہٕنٛز وتہٕ گأشراون۔ وومید چھےٚ زِ ادب دوست حضرات خصوصاً اَتھ موضوعس ستی دلچسپی تھاون وألی کرن اَسہِ پننہٕ نوٚ زٕرہن خیالو ستی زأنی یاب یِم مزید تحقیق کرنس منٛز مددگار بنن۔

رُت کانچھن وول

۱۱ر جنوری ۲۰۱۳ء

پروفیسر غلام رسول جان
ڈائریکٹر سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیز
یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر

# گوڈٕ کتھ

کأشُر فوک لور چھُ وسیع تہٕ پاپر جا۔ اتھ منٛز چھُ زندگی ہٕنٛدِس تقریباً پرٛ یتھ پہلوس مُتعلق کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ رٕژھرِتھ۔ کینٛہہ پہلو چھِ عیان تہٕ کینٛہہ سربستہٕ۔ نوٚن یا گُپتھ فوک لورس ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ دل چھُ لگان، ثقافتکی قدیم گنڈ تہِ چھِ یلہٕ گژھان تہٕ وٕٹسی گمتین تمُدنی پہلون چھُ شاپھ تہِ ژلان۔ یتہٕ کنہٕ چھِ کأشرِ فوک لورٕکی تِم بےشُمار عُنصر بروٚنٛہہ کُن یوان یِہُنٛد تعلق کٔشیر وجودس ینہٕ پیٚٹھٕ از تام کٔہن کلُہم تمُدنی پہلون سٕتی چھُ۔ اَدٕ تِم لُکہٕ ڈٔلیلہِ، لُکہٕ کتھٕ، ڈٔپتِ، گنڈٕ تی، تلمیح، مِثالہٕ، مقولہٕ کہاوژ یا لُکہٕ شأعری ہنٛزِ کانٛہہ تہِ صِنف چھےٚ۔

ڈٔلیلن، کتھن، محورن، کہاوژن، تلمیحن تہٕ گنڈتٕہن زوٗل دِنہٕ سٕتی چھ ثقافتک اکھ رنگ بستہٕ گرٕ اَویو دُنیاہٕ اَچھن تل یِوان ییمہٕ ک

نیب و نشان توأر تخس منز میلُن محال چھُ آسان۔ تہٕ نہ چھُ تہٕ انسان ہِندِس وہم و گُمانسے منز آسان۔ نی تو کٔشیرِ ہِندِس وجودس ینگ قصہٕ یتھ منز کشپ ریوٚش ناوُک خدا دوست سٔتی سرِ منزٕ آب نبر کڈِتھ جلد بھووس ماران چھُ تہٕ کٔشیرِ منز چھُ آدِ وأسی قوم ناگ بود باش شروٗع کران۔ تِتھے پأٹھی چھُ کأشرِ فوک لورُک بیا کھ اہم واقعہ اکہٕ نندٕنس متعلق۔ ییمیُک روداد واریہو شأعرو منظوم صورتس منز بیان کوٚرمُت چھُ تہٕ عبدالاحد زرگرن باقین ہِندِ کھوتہٕ زیادٕ رِتی پأٹھی پیش چھ کوٚرمُت :

واللہ اکہٕ نندٕنس دیگہِ پاکوان      دِلاسوزِ ماتم کران گرٕھ بیان

کأشرِس فوک لوس پیٹھ چھِ وِپرٕ خاص کر وسطِ ایشیاء تہٕ ایرأنی اثرات نمایاں طور لبنہٕ یوان۔ مواخرالذکر مُلکٕکی اثرات چھِ سارے کھوتہٕ ئرٕنی تہٕ گنٕ۔ ییمیُک اہم وجہ یہِ چھُ زِ اِسلام ووت اتی پیٹھ کٔشیرِ تہٕ فارسی زبأنی ہندی لولہٕ نامہٕ، جنگ نامہٕ تہٕ باقٕے لُکہٕ ڈٔلیلہٕ آیہٕ پندأہمہٕ صدی عیسوی پیٹھے کأشرِس منز پھِرنہٕ۔ یِم اثرات چھِ پیٹھ ہمہ جہت زِ کٔشیرِ چھُ ایرانِ صغیر وننہٕ آمُت۔

ییلہٕ کٔشیر افغانن ہِندِس قبضس منز آیہِ پشتو تہٕ اردوی زبأنی

ہِندی اثرات تہٕ سِپدی کأشرِس پٮ۪ٹھ مُرتب یم کأشرِس فوک لورس

منٛز ہمیشہٕ ہمیشہٕ خأطرٕ شرو پٮ۪تھ گٔے۔ مثلاً

عظیم خانٛی چیٹ یا چراغ بیگ ہُیو آسُن

یتھے پأٹھی آیہٕ کینٛہہ کہاوَژ تہٕ پشتو زبأنی پٮ۪ٹھے یِمو کأشرس یادِ

وٚوترِس منٛز ترجمکس صورتس منٛز پننٛی جاے شیر مثلاً

ریٛتہٕ چھُ شبنٛمے طوفان

اَمیُک پشتو چھُ

خانہ مور را شبنم طوفان است

حالانکہٕ پزر چھُ یہ زِ اَمیُک آگر چھُ اصلی فارسیس منٛز۔ پشتو

زبأنی ہنٛز اکھ کہاوت چھیٛہ:

دہ خالی دیگ گھگ لردی

کأشرِ چھِ اَمیُک ترجمہٕ سینہٕ بہ سینہٕ یتھٕ کٔنی ژھران آمتہٕ:

ژھرے مٔٹ چھےٚ وزان

اَمہِ علاوٕ چھےٚ پر اثراتن ہنٛز ژھاے گراے قزاق تیر، یار

قٔندی گُر، افراسیابی، سوزِ مازندران، ہوِبن شبقہٕ ڈٔپتمن تہٕ تلمیحن

منٛز تہِ درینٛٹھ گژھان۔ یم آیہٕ یتھٕ پأٹھی پر اثرات بدِ کٔڈنہٕ باپتھ

چھُ ''کأشرِس فوک لورس منز وسطِ ایشیا ہُک تذکرٕ'' ناوُک درِ دست مقالہٕ ژارنہٕ آمُت۔ اتھ عنوانس ہِتی تحقیقی انصاف سپدنہٕ موکھٕ آے تمام مُمکنہٕ وسائل بروے کارانہٕ تاکہِ مقالچ افادیت شیرِ قارئین ہِندین دِلن منز پننٕ مُنفردِ جاے۔ ممکن چھُ پرن والین ماکھسہِ راقم سِنٛزٕ یہ حقیر تحقیقی کوشش ٹارِ۔ دے بوزِن۔

أخرس چھُس بہٕ سنٹرل ایشین سٹیڈیز کس ڈائریکٹر پروفیسر غلام رسول جان صأبن شکریہ ادا کرُن پنُن فرض زانان یمو یہ مقالہٕ لُگہٕ ادب زانن والین ہِندِ ذریعہِ پرنو تہٕ پرکھوٗ تہٕ أخرس چھاپ کوٚر۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹیڈیز
یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر



# فوک لور- اکھ تعارُف

فوک لور چھُ دون لفظن ہُنذ مجموعہ،فوک تہٕ لور۔فوک لفظُک معنہِ چھُ قوم ،ملت تہٕ نسل۔مگر ہناہ واشرٲوِتھ چھیٚہ اَمِچ معنیاٚیتی وکھنےٚ یتھٕ کٔنۍ :

"The term folk can refer to any group of people whatsoever who share at least one common factor". 1

لور چھ قدیم عقیدٕ ،اصول تہٕ علم بیترِ ،کس معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔مرکب صورتس منز چھُ فوک مختلف لفظن سٟتی استعمال سپدان مثلن فوک لور،فوک ایٹو مالجی ،فوک کسٹم تہٕ فوک سانگ بیترِ۔

فوک لور چھُ مختلف سُکالرو مختلف اندازٕ پیش کوٚرمُت تہٕ اتھ پنٕنہِ پنٕنہِ آیہِ تعریف کٔرۍمٕتۍ۔انسان سُنذ ارتقائی سفر یعنی شکاٗرۍ دور کنہِ کال میسوپوٹیمی ،مصری، یونانی ،چینی تہٕ افریقی تمدنک پھاٗلاو ،حبشی ،آسٹرک ، دراوڑ تہٕ آریا قومن ہُنذ تمدن تہٕ تہٕنذ اورٕ یورٕ ژُلن ،بُش مین، آریا، دراوڑ ، منگول تہٕ سامی زبانن ہُنذ پھاٗلن تہٕ خلط ملط ،مذہبن ہُنذ ابتداء تہٕ ارتقاہ( کلٕین ،سرپھن ،مگرمچھن ،ژھاوجن ،گاٗون ،آبٕس ،ناگن ،تلاوٕن ،

---

1_Dundes Alan, 1965, The Study of folklore, U.S.A. P.2

کولن، پہاڑن، آفتابس، زۆنہِ تہٕ بیٚیہِ تہٕ واریاہن چیزن ہٕنز پۆزا)، فن تحریر تہٕ فن تعمیرِ کی ابتدأیی نقوش، طواف الملوکی تہٕ نظامہِ حکمرأنی ہُنٛد رجحان، نیکی، بدی تہٕ جرمن ہُنٛد ماحول غرض تہٕ سورُے چھُ فوک لورُک ماخذ۔ یہِ انسانہٕ ہٕنٛدِ آدن کالہٕ پیٹھ از تام وجودس آو۔ اَدِ سہِ شِشتر یُگ، گٹہٕ یُگ یا تمدنی دور اٚسی تن، ترقی ہُنٛد زمانہٕ چھُ یا تباہی ہُنٛد، غولأمی ہُنٛد وق چھُ یا آزأدی ہُنٛد، قتل و غارتُک دور اٚسی تن یا امن و امانُک، دیو مالأیی قصن یا اساطیری واقاتن ہُنٛد وق، رزم پارن ہٕنٛدی ایام یا عشقیہٕ داستانن ہُنٛد زمانہٕ، غرض یہِ چھُ اکھ تہہ دار، ترتیب وار تہٕ زنٛدٕ جاوید ثقافتی خزانہٕ یتھ پیر در پیر اضافہٕ گژھان رُودُ تہٕ روزِ۔ اگر چہِ فوک لورُک ماخذ ابتدأیی انسان سٕنٛزِ نشو ونما یا مافوق الفطری قصہٕ مانٛنہٕ چھ یوان مگر محققن تہٕ نقادن ہُنٛد ظون چھُ اَتھ صنفہِ کُن سیٹھاہ ژیری گژھان۔ اتھ صنفہِ پیٹھ ٹُل سارِوے بروٚنٛہہ گرِم بارنو قلم۔ مثلن

"An obvious example is the work of the Grimm Brothers whose "Household talks" firlst appeared in 1812". 2

گرِم بارٕنی اٚسی بُنیأدی جرمن زبأنی پیٹھ کأم کران۔ تِم اٚسی اَمہِ زبأنی ہٕنٛد بن ساختی، لفظی، جُملی، صوتی، صرفی، نحوی، غرض کلُہم لسأنی تقابُل کٕمن زأوِجارن توأریخی پۆت منظرس تحت سام ہیوان۔ اَمہِ ستی گوٚو

---


2-ibid, P.4

تِہُنٛد ظوٗن فوک لورس کُن ۔ تہٕ کیازِ تِم اُسی میتھالجی ہِنٛدی مأہر تہٕ ۔ گرِم
بارٕنی چھِ ''جرمن میتھالجی'' ناوچہٕ کتابہٕ منٛز تنقیدی پوٚت منظرس تحت جرمن
لُکہٕ شاعری تہٕ لُکہٕ کتھن ہُنٛد مطالعہٕ کران ۔ تِموٗ گرٕ پرٕتھ کتھِ ہنٛز وکھنے
سائنسی بنیاز پیٹھ تہٕ ہُنٛراوبکھ واریاہ کتھٕ ۔ تِہُنٛد خیال اوس یہ زِ آریا قوم،
تِہُنٛد پھألاو تہٕ تِہنٛدِ دٕسی پھالن واجنہِ زبأنی ہِنٛدٕ بن لفظن منٛز ارتقأیی عملہٕ
دوران معنوی تبدیلی ہنٛز سوٗ عمل یوسہٕ اتھ زبأنی ہِنٛدِس ساختی یا صوتی نظامس
یادٕ لیلن ہِنٛدٕ بن لفظن اکہِ دور پیٹھ بیٚیس دورس تام واتنس دوران سپدان
چھیہٕ ، چھِ اساطیرِ چ اہم خأصیت:

"The Grimm brothers, with their theory of the spread of folklore through aryan migrations and their etymological techniques, suggested that words in the tales, had become mangled and misunderstand in the course of retelling and that by reconstructing the original Proto-Indo-European words the inconsistencies and absurdilies in tales could be explained". 3

جیکب لُڈوِگ کرال گرِم تہٕ وِل ہلم کرال گرِم بأے بارٕنبن ہُنٛد
اثر پیوٚو باقے یورپی محققن پیٹھ تہٕ تِم لگی یِہنٛدِس پیش کرنہٕ آمتِس
نظرِیہس للہٕ کھوٚل کرنہِ یُس گرِمنٛز میتھالجی ناوٕ مشہور گوٚو ۔ اگرچہ اتھ مکتب

---

3-Bascom.R.William, 1954, Four functions of folklore, The Journal of Amrican Folklore, vol.67, U.S.A, PP.333-349

فکرس کُن واریاہ محقق مائیل گئے مگر اکھ جرمنؠ سُکالر میکس مُلر چھُ اَتھ نظریس خئنہِ جگرِ ستی سکناوان۔ تسُند خیال اوس لگ بھگ گرم بارنؠن ہنٛدِ سے خیالس ستی رلان۔ ووں گوسہ دزاو گرِم بارنؠن ہنٛدس ونس قدم جوراہ برونٛہے پہن تہٕ وٕنُن زِ فوک لور چھُ آریا زبانن ہُنٛد سہ دود یتھ نۍ کانٛہہ علاجی چھُ مگر اَمی سٟتۍ اَتھ تھیوری آو تمہِ ساتہٕ دُلتہٕ ییلہِ اینڈر یو لانگن یہ وٕون زِ آریا قومس منٛز یمہٕ دٔلیلہٕ، کتھہٕ، اساطیر، کہاوژ یا باقے کینٛہہ کتھ موجود چھؠ تہٕ تمن درمیان یُس تواریخی ہشر لبنہٕ چھُ یوان، تم ہشر تہٕ تمہِ کتھہٕ چھنہٕ صرف آریا قومَس منٛزے یوت بلکہِ باقے قومن اندر تہِ۔ مگر میکس میُلر چھُنہٕ کتھ اَتی ژٹان بلکہِ چھُ سہ انسانی خیالکۍ تہٕ زبانن ہنٛدی ژور سٹیج مُقرر کران۔ گوڈنیُک سٹیج چھُ سہ تتھ زمانس ونان ییلہِ زبانن ہنٛد بو بُنیادی گرامری اصولو وجود پرومت اوس۔ دوٚیم دور چھُ سہ آسان ییلہِ زبانہٕ مختلف لسانی خاندانن منٛز تقسیم سپز۔ ترٛیم دور چھُ تتھ وننہٕ آمت ییلہِ اساطیری کتھ وجودس یوان آسہٕ تہٕ اَخری دور چھُ سہ دور گنز راونہٕ آمت ییلہِ یمن تریشونی دورن ہُنٛد لوٚب لُباب عوامس بروٚنٛہہ کُن آو۔ اساطیر وجودس ینس مُتلق چھؠ میکس میُلر سٟنز رائے سوے، یہ گرم بارنؠن ہنٛز اَس زِ اَکھ لفظ اکِہ دورِ پتھ بیٚیس دورس تام واتنس دوران چھُ لفظس پنُن اصلی معنہِ راوان تہٕ نوبن معنین ہنٛدی تہہ چھِ اَتھ پان ولان، یمہِ ستی اَپج اصل شکل مُتاثر یا ضِے مسخ تہٕ چھؠ گژھان۔ یہ اؠز چھُ باس

یوان[4]۔ کأشُر ادب شناس محمد یوسف ٹینگ چھُ عالمی تناظرس منز فوک لورِچ کتھ کران ونان زِ گوڈٕ گوڈٕ ادس اَتھ [لگہٕ ادبس] کھیمتن تہٕ زرزیمتن پرانین آثارن ہنٛدی پأٹھی دقیانوسی یژھن پژھن، عقیدن تہٕ نسلی یاوٕ ئترِکین ڈاکرن ستی ہشر یوان دِنہٕ[5]۔ مغربی سکالر ہارٹ لینڈ چھُ فوک لور ماخذن غأر مہذب لوکن ہنٛز دأدی کانٛگر قرار دِوان۔ تاہم گۄ ڈنہٕ فوک لور سکالرن ہنٛد کاروان اَمہِ ستی کم ہمت بلکہِ گُرِ کھ ،گرم بارٕنمن، میکس میُلر تہٕ باقی مأہرن ہنٛدِس نقشہِ قدمس پتھ پکتھ نۆی وَتہٕ پٕدی مُتعین۔ مگر تمہِ باوجود رۆز اَتھ منز سُست رفتأری۔ 1846ء منز چھُ قدیم علم زانن وول اکھ انگریز سکالر وِلیم جان تھامسن فوک لور ناوٕچ اصطلاح اَکِس چِٹھِ منز استعمال کران یوسہٕ اتھینیم ناوٕکِس جرنلس منز لندنہٕ پتھ شائع سپز تُسنٛد خیال اوس یہِ زِ فوک لورس منز گژھن رسم عادات و اطوار، اخلاق، طرزِ معاشرٕ، عقیدٕ، بأتھ تہٕ کہاؤژ ویژھناونہٕ یِنہٕ[6]۔ البتہٕ چھ Funk تہٕ Wagnalls سنٛزِ ڈکشنری منز فوک لورٕ خأطرٕ اکھ معنہِ مفہوم بیان آمتی کرنہٕ[7]۔ یمن سارِنے تعریفن منز چھُ مجموعی طور یہ تاثُر

4. ibid, PP, 279.298.

5۔ ٹینگ ۔ محمد یوسف، عرض ناشر، کأشُر لگہٕ کتھ، ترتیب، نشاط انصاری، جلد،4، 1988، کلچرل اکیڈمی، سرینگر، ص.7

6. Dundes Allan, 1965, The study of folklore, U.S.A. P.2

7. Funk and Wagnalls, 1949, Standard Dictionary of folklore, Mythology and legend, ed, by Leach Maria, New York, Vol,1, P.298

عام زِ زبأنؠ رِوایژن تہٕ سینہٕ بہ سینہٕ منتقل سپدن واجبن کتھن گرٛدِ فوک لوٗک وننہٕ یِن۔ کینٛہہ لۄکھ چھِ یہِ تہٕ ونان زِ شکار کرنہٕ کِنہ طریقن تہٕ خاندر رسم و ریواجن ییم اکہِ پیرِ پیٹھ بییٚس پیرِ تام وأتؠ متؠ آسن یا سُہ تہذیب یُس نہٕ تحریر کرِتھ آسہِ تہٕ یُس زبأنؠ زبأنؠ پکوٗن چھُ رۄزمُت ، گرٛدِ فوک لورکس زُمرس منٛز گنزراونہٕ یِن۔[8] کینٛہہ سُکالر چھِ وُنہِ تہٕ دعویٰ کران زِ فوک لورٕچ پہچان چھیٚہ فقط گرٛہِسی سماج۔ مگر الن ڈنڈس چھُ فوک لوٗرک مطالعہٕ ناوچہِ کتابہِ منٛز اَتھ رایہِ یہٕ وٕنتھ رد کران زِ فوک لورس متعلق اگر کانٛہہ نفر اَمہِ قسمُک تنگ نظریہ قبول کرِ، تَس چھُ تیٚلہِ یہِ ضروری مانُن زِ شہر باش چھنہٕ کانٛہہ جماعتھے أس ہۄتہٕ نہ ہیٚکہِ یمن کانٛہہ فوک لوٗرے أستھ۔[9] البتہٕ چھُ یتھ کتھِ منٛز وزن باسان زِ فوک لورکی کینٛہہ پہلو چھِ شہرن مقابلہٕ گامن منٛز زیادٕ تعدادس منٛز وجودس یِوان۔ یتھ منٛز کہاؤژ سرفہرست ماننہٕ چھےٚ یِوان۔ بقول کوٗنن :

"That many of the proverbs originated in village and not in the large twon, is evident from the numerous references to nature and agricultural work". [10]

نے پراپن چھُ 1928ء منٛز "مارفالجی آف فوک لور" ناوچہِ کتابہِ منٛز اکھ نۆو نظریہِ یعنی سٹرکچرل اِزم پیش کران۔ یتھ منٛز رۄسی لُکہٕ کتھن تہٕ

---

8. Dundes Allan, 1965, The study of folklore, U.S.A. P.1
9. ibid, p.2
10. Abraham Cohen, 1911, Ancient Jewish Proverbs , London P. 27

دلیلن ہُنٛد تجزیہِ کرنہٕ اوس آمُت ۔ اتھ منٛز چھیٚہ ڈٲلیلہِ ہِنٛدِ بن سارِنٕے جُزن الگ الگ وُچھنے کرنہٕ آمٕژ ۔ یمہِ کٔنی پلاٹس ہٕتی یمن جُزن ہُنٛد ارتقایی صورتحال بروٚنہہ کُن چھُ یوان ۔ فوک لوٗرُک مطالعہٕ کرنہٕ ہٕتی چھیٚہ یہ کتھ محسوس سپدان زِ یژٕ بتھ جمأژ کیا ، پرٕ بتھ فردس چھُ پنُن پنُن فوک لور ۔

فوک لور ماہرن درمیان چھُنہٕ وُنہِ تہٕ مکمل اتفاق زِ فوک لورس منٛز کیٛاہ کیٛاہ گژھِ شأمل کرنہٕ یُن یا فوک لور کتھ کتھ وَنو ۔ تاہم یمن پہلون فوک لورس منٛز جاے چھیٚہ دِنہٕ آمٕژ تم چھِ خیالی افسانہٕ ، لُکہٕ ڈٲلیلہٕ ، کہاوُژ ، لُکہٕ بأتھ ، لُکہٕ نژُن ، لُکہٕ شأعری ، لُکہٕ تلمیحہ ، مخولہٕ ، ٹسنہٕ ، چاٹھ ، گول مول تہٕ مُبہم کتھٕ ، بھجن ، راگ ، جود ، طلسم ، دعایہ نیک یا دعایہ بد ، بدگویی ، غأبتھ ، بُتھ پھِرُن ، پامہٕ دِنہِ ، ملامت کرٕنی ، تنگ کرُن ، چھیڑُن ، ستاوُن ، ودُن رِوُن ، لُکہٕ ڈراما ، نقلی مسخر بنُن ، کأنسہِ لاگُن ، لُکہٕ عقیدٕ ، لُکہٕ دوا ، تعویزٕ گنڈُن یا ترٛیشہِ ہٕتی چوٚن ، میٛژ متھٕنی ، پھوکھ دیُن ، مأنتھر پرٕنی ، لُکہٕ سامانن ہُنٛد ساز ، سارنگ ، ترام ، تھالِچ بیترِ وایٕنی ، شُرکی بأتھ ، شُربن ہِنٛدر پاونہٕ یا للہٕ ناونہٕ خأطرٕ بأتھ وَنٕنی ، لوری ، لڈی شاہ ، لُکہٕ اَسُن ، ریژھ ٹُلُن / کڈٕنی ، سرانہِ گُتھُن ، بوتل کھُلہن تہٕ دیوارن پیٹھ لیٚکھتھ تہٕ واجبن پیٹھ کھٕنتھ عبارت تہٕ

جٕٹہ بیتر 11 ۔

11.What Folklore include, Dundes Allan writes, "Folklore includeds myths, legends, folktales, jokes, proverbs, riddles, chants, charons, blessings, curses, oaths, insults, retorts, tounts, teases toasts, tongue- twisters, greating and leave-taking formullas. It also includes folkcustom, *(see on next page)*

ولیم جان تھامسن ، گرم بأے بارِنی ، میکس میُلر ، فوں نک واگنلس

ہتی ہتی چھِ باقی محقق تہٕ فوک لورس پیٹھ پنٕنہِ پنٕنہِ اندازٕ قلم تُلان یمن منٛز

ولیم ہون ، جان برانڈ ، ہینری بورن جیمنس ہارڑی ، چارلس سویُن سَن ،

باربیو ، ولیم آر بیکم ، ہرس کووتن ، جمینس ، واٹرمین ، ایف ایل اتلی ، پیچ میری ،

مویا اسماعیل ، رومس آرتھر ، توسچی پولو ، میگا کارلس ، کرایِی الیکزنڈر ، جینپ

ارنالڈ وان تہٕ ایم ڈورسن رچارڑ بیترِ قابلِ ذکر چھِ۔

فوک لور چھُ دُنیہچہِ پرتھ کُنہِ زبانٕ تہٕ بولہِ منٛز کُنہِ نتہٕ کُنہِ صورتس

اندر موجود۔ یہ تہِ چھُ وُچھنہٕ آمُت زِ مختلف زبانن اندر فوک لورُک منٛزأ زی

شعور چھُ کُنہِ کُنہِ اَکے کیٛتھٕنہِ تہٕ گاچھِ تہٕ بعضے اَکھ أکس بلکُل نزدیک۔

مثلن کاشُر اَکھ تلمیح چھُ:

والہٕ والہٕ کھوسہٕ کرُن۔

یہ تلمیح چھُ پرانہِ عہدٕکس یونٲنی ادبس منٛز لفظٕ لفظ موجود[12]۔ اَتھ

---

*(from last page)* folkdance, folkdrama and mine, folkart, folkbelief (superstiton), folkmedicine, folk-instrumental music, folksongs, folkspeach, slang, folksimiles, folk-metaphers and names, nicknames and place names, folkpoetry-ranges from oral epics to autograb book verse, epitaphs, latrinalia (writing on walls of public bathrooms), limericks, ball-bouncing rhymes, jump-sope rhymes, finger and toe rhyme, dandling rhymes (to bounce children on the khla), counting-out rhymes (to determine who wll be "it" in the games) and nursay rhymes. The list of folklore forms also contains games; gestures; symbals; prayers (graces); practical jokes, folk etymologies, food recipes, quiest and embroidery designs, house-barn and fence types, street vender's cries and even the traditional conventional sounds used to summon animals or to give them commands (The study of folklore, P.3)



12۔ پروفیسر محی الدین حاجنی ، 1971ء ، لکہٕ رس ، حلقہ ادب سوناواری ، ص ، 5۔

ہِشرس پیٹھ چھُ محمد یوسف ٹینگ یِیمہِ آیہِ وکھنے کران:

"مُلکن ہنزٕ سرحدٕ چھیہ انسانن اَتھٕ سٕتی تہٕ خود غرضی سان بناوِمٕژ۔ زمینس قاۡد کرنہٕ خاۡطرٕ گرِ تِمو شیشہٕ چل تہٕ گنڈی دار تار تیار مگر ہواون کتھٕ گنز ہیکہِ ہے گیِچھ گرِتھ۔ پکھشن تہٕ جانوارن کتہِ ہیکہِ ہے پَر کرِ پتھ۔ آبس کتہِ ہیکہِ ہے پنُن مزٕ ڈاۡلِتھ تہٕ پوشن ہنٛدِس مُشکس کتہِ ہیکہِ ہے مُچلکہِ ہتھ۔ توے چھُ زبانن ہنز گنڈ پھُٹرٕ اَوِتھ تقریبن سارنے لُکہٕ ادبن منٛز ہِشر گرایہ ماران وِیوٕ دگرٕ ہان"[13]۔

### فوٚک لورٕچ اہمیت

فوک لورٕچ اہمیتھ کیاہ چھیہ، تہٕ چھُ تمہِ ساتہٕ ننان یِیلہِ فوک لورس منٛز شاۡمل پہلون لسانی، تواۡریخی، نفسیاتی، جغرافیاۡیی، ساۡئنسی، عمرانیاتی، یا بہ الفاظِ دیگر اجتماعی دل چھُ دِنہٕ یوان۔ اَمِکہ پرٕ بتھ کانٛہہ پہلو چھُ بذاتہِ خود اکھ الگ تواۡریخ۔ یِیلہِ یِمو پہلوو منٛز سٕہ سرمایہِ الگ کڈ وِیُس اَتھ منٛز وِوٕزُم ووٗرُد آسہِ تیلہِ چھُ فوک لوٗرک بیا کھ اکھ عِلمی خزانہٕ بارسس یوان۔ فوک لورِکس پرٕ بتھ جُزس منٛز چھیہ انسانی تہذیب و تمدٕنچ تہٕ ثقافتچ کانٛہہ نہٕ کانٛہہ خصوصیت تہٕ چھاپ۔ جرمنی ہُند اکھ مشہور فِلاسفر، تاریخ دان تہٕ فوک لور زانن وول جان ہرڈر سُند وَنُن چھُ زِ گُنہِ تہٕ قومکہِ ادبچ بُنیاد چھیہ تمہِ کِس فوک لورس پیٹھ آسان۔

---

13۔ کاشُر لُکہِ تھ، عرش ناشر۔ محمد یوسف ٹینگ، جلد، 4، ص، 8

پرٚبتھ گُنہٕ علمی شعبس چھِ پٔنٕز ماخذ آسان۔ یِمن ماخذن لرِلوٚر چھِ کینٛہہ اساطیری واقعات تہٕ مافوق الفطری عنصر، کتھٕ، توہمات، تہٕ زبأنٕ ریوایژ تہِ آسان یِم کانٛہہ تہِ پہلوویژھناونس منٛز معاون ثأبت چھِ سپدان۔ فوک لورک پرٚبتھ کانٛہہ جُز چھُ مختلف مرحلومنٛزٕ گٔژرِتھ پنٕن ارتقأیی سفر طے کران تہٕ الگ الگ وقتن ہنٛدِ تہذیب و تمدنٕچ نشاندہی کٔرِتھ توأرٖیخٕچ نمایندٕگی کران۔ عالمی توأریخس منٛز چھِ تِم واریاہ واقع یِہنٛز بنیاد فوک لورس پیٹھ چھیٚہ۔ اَمہٕ قسمکی واقعہٕ چھِ ہندوستان، چین، ایران تہٕ یونأنی توأریخس منٛز نُمایاں۔ مثالہِ خأطرٕ چھُ ایرأنی توأریخُک یہِ واقعہٕ پیش یِیلہِ اھورمزدا جمشیدس پادشاہ بناوان چھُ۔ جمشید چھُ اھورمزدس آواز دِوان زِ جانہٕ ورَو، جانادار وتہٕ انسانوٚ ستی آو یہ سرزمین بٔرِتھ۔ یہنٛدِ روزنٕہٕ خأطرٕ چھنہٕ ووٚنی جایی موٚجٕ۔ اھورمزدا چھُس جنوبس کُن پکنہٕ خأطرٕ ونان۔ جمشید چھُ حسبِ ہدایت سونہٕ سنٛزٕ شمشیر زمینہٕ ٹھاسان تہٕ زمینس کُشادٕ سپدنُک التجا کران۔ اَمہِ پتہٕ چھیٚہ روزنہٕ باپتھ زمین وسیع سپدان۔ جمشید نِس دورس منٛز آیہِ اَمہِ نوعیتُک واقعہٕ ترٛیٚیہِ پھرِ پیش۔ مثلن

"......چوں شش سد زمستان دیگر از سلطنت جمشید گذشت و دگر بارہ زمین وآسماں از جانوران و مرد ماں و پرندگان پُرگشت و جایی باقی نماند۔ اھورمزدا جمشید را ندا می دھد کہ در زمین و آسمان جایی از برای انبوہ مردم و حیوانات و پرندگان نیست۔ جم بہ جنین ھنگامی وگر بارہ بہ سوی

جنوب در طریق نور خورشید پیش رفت، حلقه را بر زمین نہادہ و شمشیر را در دل زمین فرو کرد و از سپندارند ''زمین''، دوست اش خواہش کرد کہ بخاطر دوستی گشادہ تر شود تا انبوہ مہ و مردم در آن جا گیرند۔ پس زمین بہ حقدار دو سوم بیش از آں چہ کہ بود گشادہ تر و پہن تر شد، و خلایق در آں بہ رفت و آور و جای گذینی پرداختند''[14]

فوک لور چھُ سیاسی، سماجی، مذہبی، لسانٔی، نفسیأتی، جغرافیأیی، عقیدتی، فلسفی، اقتصادی، انقلابی تہٕ ثقافتی توأریخُک اجتماعی مرکز آسان۔ گُنہٕ تہٕ قومِکس پتھ کالی ثقافتی خزانس ییلہٕ وو کھُشن چھُ لگان، پرٕ بتھ کانٛہہ تمدنی گنڈ چھُ ڈیوٚل گژھان۔ مشرہ گٔمتی واقعہٕ بلکہٕ ژِہی تام چھِہ حسین تہٕ مأری مٔندی خابکی پأٹھی زَن تہٕ ویڈیو کیسٹکس صورتس منز بروٛنہہ کُن یوان۔ پرأنِ واقعات، ذٔلیلہٕ تہٕ قصہٕ دوٚنژراونہٕ ستی چھُ پتھ کالس نوٚو زُو زبتہٕ اژان تہٕ زمانکی ساسہٕ ؤدی پرٕ ژٔٹتھ چھِہ قدیم حالات تمی انمانہٕ جلوٕ گر سپدان ییمہٕ ماحولکی یم پأدادار آسن۔ یمن پوٚت یادن منز کیاہ چھُنہٕ ژھرِتھ، سُہ چھُ اکھ زیوٚٹھ بحث۔ ووں گو ژھوٚٹی پأٹھی ہیکو۔ ؤنتھ زِ فوک لور چھُ رأوی ستھن، وٕتس گٔمتمن تہٕ مُشراونہٕ آمتمن ثقافتی وتہٕ پدبن ہُنڈ أنہٕ۔

---

14۔ ہاشم رضا، ۱۳۴۳، دین قدیم ایرانی۔ از آغاز تا ظہور زرتشت' ایران، ص، ۵۴

یہ چھـیہ ٹاکارٕ حقیقت زِ کاشُر زبانۍ ہُنٛد فوک لور چھُ ذہنی بالیدگی تہٕ
وُسعی نظر یہُک عکس پیش کران ۔ اَدٕ سو کہاوت ، تلمیح یا پرٕہ اَسی تن ۔ مثلن

اَتھٕ شلکھے کھوتہٕ چھُ کتھٕ شلکھے بۄڑ[15] ( کہاوت )

زٕ ری بۄز بہہِ وُہری بڈشاہ مۄد ( تلمیح )

اورٕ آیہ ہٕٹ ، تاپھڈ یشتھ فٕٹ[16] ( پرٕہ ۔ امیُک معنہٕ چھُ شِشر گانٹھ )

کاشرِ فوک ادبُک بجر بیان کران چھِ پروفیسر محی الدین حاجنی لیکھان زِ:
''زبان ، خیالات تہٕ اندازٕ بدلنس ہتی چھُنہٕ شہری کُنہِ تہذیبی حملس
رُکاوٕتھ ہبکان ۔ تۄے چھِ شہرو مقابلہٕ گامن اندر لوک ادبٕچ قدامت
چلہٕ وُن روزان ۔ یمن ہُنٛد بۄڈ ہیو ذخیرٕ سانین محورن ، ضرب المثلن تہٕ
کہاوژن منز موجود چھُ ۔ یم زندگی ہٕنٛدبن ہتہٕ واد تجربُن ہنز عکاسی چھِ
کران ۔ یمو منز صرف کہاوژن پٮ۪ٹھی مطالعہٕ کرِتھ سر جارج گریرسن ہیو
محقق چھ لیکھان زِ '' دُنیہس اندر آسن کمے ملک یہنز ن زبانن اندر یوٚاہ
کہاوژ آسن ، یوژ کاشرِ زبانۍ منز چھ''[17] ۔ یہ چھُ کاشرِ فوک لور کہِ بجرٕ کُے
اعجاز زِ دردست مقالہ آو تحقیقہٕ خاطرٕ ژارنہٕ ۔ یہ چھـیہ الگ کتھ زِ راقم سنٛز
یہ حقیر کوٚشش چھا کُنہِ حدس تام رٔتھ کھٔژ ہٕ کِنہٕ نہٕ ۔ تمیُک اندازٕ ہکن
قارین یتہٕ واٗلی عنوان پٔرتھے کرِتھ ۔

15۔ غلام نبی ناظر ، 1988ء ، کاشرۍ دٕپتہٕ ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر ، ص ، 33

16۔ بشیر اختر ، 1991ء ، کاشرِ پرٕہ ، کلچرل اکیڈیمی ، سرینگر ، ص 24

17۔ پروفیسر محی الدین حاجنی ، 1967ء ، مقالات ، سرینگر ، ص 50-49

# وسطِ ایشیاءتہٕ کٲشیر - رِشتن ہِندِس تناظرس منٛز

### 1 - جغرافیٲیی تہٕ سیاسی رشتہٕ

یِیلہِ تہِ کٲشیرِ ہِندین تعلقاتن ہنٛز کتھ چھےٚ ووتھان، لازمن چھِ وسط ایشیٲیی علاقہٕ ذہنس منٛز یوان۔ یِمن ہٕتی کٲشرِ بن پرانہٕ وقتہٕ پیٹھے تعلقات رٗدی ہٕتی چھِ۔ یتھ منٛز قدیم فارس (ایران) تُرکستان (کرغیز یا، تاجکستان، اُزبکستان، قزاکستان، ترکمانستان)، برصغیرِک شمٲلی علاقہٕ، افغانستان، کاشغر، ختن، لداخ، تبت، تہٕ کٲشیر شٲمل چھےٚ۔ کٲشیر چھیہٕ قدیم کالہٕ پیٹھے بیرونی حملہٕ آورن ہنٛز شِکار روٗزمٕژ[1]۔ یِمہِ کِنی اَمِکی جغرافیٲیی حدود گرا ژھوکان تہٕ گراوٗسعتھ لبان رٗدی۔ سرحدن ہُنٛد بار بار ژھوٗٹن یا بڑن رٗد نہٕ صرف کٲشیرِ ہِندِس سیاسی ڈھانچس منٛز تبدیلی انان بلکہِ ثقافتی تشکیلس منٛز تہٕ اہم رول ادا کران۔ کُنہٕ پیٹھہِ اکہِ مُلکُکی ثقافتی اثرات قبول کرٕنی تہٕ گرا بیٚیہِ مُلکُکی۔ یِیمیُک ثبوت کٲشیرِ منٛز لبنہٕ آمتو قدیم آثارو تلہٕ میلان چھُ۔ یتھ منٛز بُرزٕ ہوم، ہٲٹموٚر، گوپھ کرال، سیمٹھن تہٕ ہارون تہذیب قٲبل ذکر چھُ۔ یہُنٛد رشتہٕ قدیم آثار شناسو باقٕی مُلکو علاوٕ وسطِ ایشیاءتہٕ چینس ہٕتی تہِ مشخص کوٚرمُت چھُ۔ رام چندر کاکنہِ وننہٕ موجوب چھِ ہارون آثار نہ

1.S.L.Shali; 1993, Kashmir: History and archaeology through the ages , New Delhi, P 20.

صرف ہندوستان بلکہِ ساأرِ ی ہِے دُنیاہس منز پننہِ قسمکی واحد آثار یمن منز گُشان ذاأ ژہنڈ ہن لوکن ہنزِ تمہِ صوٚرژ در ینٹھی چھیٚہ گرٕشھان یمہِ وُنس تل چھنہِ۔ تِتھی آثار چھِ افغانستان منزِ تہِ دریاف سپدی ہتی [2] -یہِ کتھ چھیٚہ ٹاکارٕ زِ ہارون ٹاٗلن پیٹھ چھُ بُدھ دھرمُک اثر۔ مگر یہِ تہِ چھُ تسلیم کرنہِ آمُت زِ یمن ٹاٗلن پیٹھ ہاونہِ آمتی لوٚکھ چھِ کاشغری تہِ یارقُندی [3] ۔ اَمہِ قسمکی ثقافتی آثار چھِ ثابت کران زِ کٔشیرِ ہندی سیاٗسی کیٚو جغرافیاٗیی سرحد چھِ دور دور تام پھٕلِتھ اُسی ہتی ۔ راجہِ اشوک ہندِس دورس منز اُسی کٔشیرِ ہندی سیاٗسی سرحد سٹھاہ وٚسیع ۔ اَمہِ حوالہِ چھُ پنڈت کلہن لیٚکھان:

”جس اشوک نے علاوہ ہندوستان ، کابل، قندہار، تبت، تُرکستان، اور چین کے بادشاہوں کو اپنا باجگذار بنایا اور ان ممالک میں اپنا سکہ بھی جاری کیا وہ والئے کشمیر ہی تھا جس کی سوانح عمری یہ تمام واقعات ظاہر کر رہی ہے [4] ۔

چینی سیاح ہیون سانگ چھُ پننِس سفر نامس منز درج کران زِ اشوک چھُ بُدھ دھرمکی 500 پرچاٗری کٔشیرِ منز بساوان ، یہندِ ذٔسی بُدھ مت پورٕ پاٗٹھی وُسجار لبان چھُ۔ یم بُدھ پرچاری ییٚلہِ کٔشیرِ واٗتی ہتی آسن، قدرتی کتھا چھیٚہ زِ یہندی رسم ورواج ، عادات واطوار تہِ زندگی ہندی باقی طور طریقہِ آسن ییٚتہِ ثقافتس تل رَل گمتی۔ وِتھے پاٗٹھی اُس گُشان

2۔ کاشُر انسائیکلوپیڈیا، 1986ء، جلد، اول، سرینگر، ص، 241۔ 3۔ مذکور، ص، 8
4۔ پنڈت کلہن ، 1979ء مکمل راج ترنگنی، جلد اول، فٹ نوٹ، 52-42

راز کنشک (دویم صدی عیسوی) ہنز سلطنت بخارا پیٹھ سندھ تہٕ بنارس پیٹھ ایران تام پھلیتھ ۔ اعلیٰ منتظم آسنہٕ سببہٕ اوٗن أمی پنجاب ، یارقند، ختن، کاشغر، بخارا تہٕ متھرا تہٕ پننس قبضس منز۔ کشیر تہٕ آس اَہندِ سلطنتک حِصہٕ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ أمی بُلاو بُدھ متچ ژورم عالمی کانفرنس کشیرِ منز۔ یتھ منز سمسار کیو سرکردٕ عالموتہٕ دانشور وشرکت کر۔ مورخ چھِ رقمطراز:

"Kanashaka was a Buddhist and who organised the Fourth Buddhist council in Kahsmir in 178 A.D" [5]

اَمہِ پتہٕ چھُ کارکوٹا خاندانک راز للتا دتیہ کشیرِ ہندی سیأسی سرحد ترُکستان تام بڑاوان یِیلہِ سُہ فتوحاتن ہُند آغاز کران چھُ [6]۔ سُہ چھُ مختلف مُلکو پیٹھٕ کارکسب تہٕ علم زانن والین بُلاوِتھ کشیرِ اندر بساوان [7]۔ شہمیری خاندانک بادشاہ شہاب الدین شاہ چھُ پننی سرحد جوٗم، تبت، پنجاب، سندھ، نگرکوٹ (کانگڑہ)، غزنو، قندہار، کاشغر تہٕ بدخشان تام پھالاوان [8]۔ یِیلہِ زَن زین العابدین بڈشاہ صأنی سلطنت پشاوُر پیٹھ پنجاب تہٕ سرہند تام پھلِتھ اُس [9]۔ للتادِتی ینی پأٹھی چھُ بڈشاہ تہٕ کامبن مُختلف مُلکو خاص کر ماورآء النہر، سمرقند، بخارا تہٕ خراسان پیٹھ أنتھ کشیرِ منز جاے دِوان۔ یِمن منز کاغذ ساز، قالین باف حکاک، سنگ تراش، شیشہ گر، تابدان تراش تہٕ زرکوب

5. Encyclopedia of Islam, 1978, Vol. IV, P. 77

6۔ حسن شاہ کھویہامی، 1957ء۔ تاریخ حسن، جلد دوم، سرینگر، ص۔79۔

7۔ مذکورٕ، ص،80-79

8. G.M.D Sofi, 1974, Kasheer, Delhi, P. 1



9۔ محمد الدین فوق، 1984ء، شباب کشمیر، سرینگر ص،46۔

بیترِ شائمل اُسی[10] ۔ اُمی ہِندِس وقتس منز آیہِ وارِیاہ نۆبستی وجودس ۔ یتھ منز شور گری محلہٕ ،کمان گر پور، جلد گرمحلکہ ،نمدٕ ساز محلہٕ ،روشنگر محلہِ تہٕ شیشہ گری محلہٕ قابلِ ذِکر چھِ ۔

ییلہِ کشیرِ مغلن ہِندِس قبضس منز آیہِ ، دُوطرفانہٕ تعلقاتن منز آو زبردست انقلاب ۔ یتھے پأٹھی سپُد افغان تہٕ سکھ دورس منز تہِ مشترکہٕ رشتن منز اضافہٕ ۔ اَمہِ قسمچہِ سیاسی تہٕ جغرافیأیی تبدیلی آسنہٕ صرف قبضس تام محدود بلکہِ سپدی یمن ایامن منز تجارتی ، ثقافتی ، تمدنی ، لسأنی ، توأریخی تہٕ مذہبی رشتہٕ تہِ اثر انداز ۔ ییمیُک اکھ خاص وجہ شہراہ ابریشم اُس ۔ یپأری ساسہٕ واد وٕری ین بشمولِ کشیرِ ، چیین ، برصغیرتہٕ وسط ایشیأیی مُلکن درمیان پانہٕ وأنی تجارت سپدان اوس ۔ ہندو تہٕ اسلامی دورس منز عالمن ، دانشورن ، کأسبن تہٕ فن کارن ہُند اورِ یورٕ یُن گژھُن ، حملو یا بییہِ کُنہِ وَجہِ کِنیٔ لوکن ہُند اکہِ جایہِ پتہٕ بیٚیس جایہِ بسُن ، حسبِ ضرورت یا حسبِ نزاکتِ وقت یا بوجہ تعصب کانہہ زبان کُنہِ قومس پتہٕ زبردستی مُسلط کرٕنی ۔غرض یِم سأری وجوہات چھِ کشیرِ تہٕ وسطِ ایشیاہس درمیان ہررنگہٕ رشتہٕ قأیم کرنس منز اہم تہٕ بُنیأدی رول ادا کران آمتی ۔ اِوِ کِنیٔ چھِ وسطِ ایشیاءتہٕ اَمہِ کِمن أندی پٔتی مُلکن ہِندی تمدنی تہٕ تہذیبی اثرات کشیرِ ہِندِس ثقافتس پیٹھ نمایاں ۔شیلی چھُ لیکھان:

---

[10] ۔ مذکورہ،ص، 36-235

"From time to time, thought, ideas and cultures have poured in and out of the valley and in the process, the valley and the people developed close contacts with its neighbours-Gandhara, Afghanistan, Iran, Western Turkistan, Repulics of Central Aais, Sinking, Tibet and China, right from preshistoric times". 11

## لسأنی تہٕ ادبی رشتہٕ

جغرافیأیی ، سیأسی تہٕ تمدنی رشتن ہُنٛد تسلسل چھُ تمہِ ساتہٕ اکھ سدا بہار صورت اختیار کران یِیلہِ کٔشیرِ اندر فارسی زبأنۍ پننۍ قدم جماوِنۍ ہیٚتۍ۔ یہے چھیٚہ سو زبان یِیمہِ کہِ برکتہٕ وسطِ ایشیا ءتہٕ کٔشیرِ ہنٛدی ادبی کیٚو ثقافتی تعلقات اُستوار سپدی ۔ یہِ زبان وأژ اسلامُک پرتو پیٚنس ستی کٔشیرِ بلکہِ چھُ پزر یہِ زِ أمی زبأنۍ ہنٛدِ بدولتہٕ سپُد کٔشیرِ منٛز اسلام مُتعارف یَتھ منٛز وسطِ ایشیاءپیٹھٕ یِنہٕ والبو ساداتو، عألموتہٕ فأضلو اہم رول ادا کوٚر:

"Persian was introduced into Kahsmir as a consequence of the immigration there in the ealry fourteenth century of a number of syyids from persia who came priamarily to seek refuge from the Timurid persecutions" 12

کٔشیرِ منٛز سپٕز دینی عالمن ، شأعرن ، مورخن ، أدیبن تہٕ ادبی ذوق تھاون والین ہنٛدِس سایس تل فارسی زبأنۍ ہنٛز پرورش شروع۔ شہمیری حکمرانو کٔر فارسی زبان تہٕ ادب پھاپھلاونچ ہمہ تن کوشش ۔ اگر چہ شہاب الدین شاہ

11.S.L.Shali, 1993, Kashmir: History and archaeology through the ages, New Delhi, PP,19-20

12-G.L. Tikku, 1971, Persian poetry in Kahsmir 1339-1846, Landon P.9

تہٕ سکندرنس دورس منز فارسی زبانٕی خاص ترقی سپز نہٕ تاہم ییٖج زین العابدین بڈشاہ تختس بہنس ستی اَتھ زبانٕی سرکارٕچ سرپرستی[13]۔ اتھ دورس منز آیہٕ بیشتر سرکاری تہٕ پرائیوٹ لکھٕ پرٕ فارسی زبانٕی اندر کرنہٕ۔ اَمی بادشاہ ہن پھرنو و سنسکرت ادب فارسیس تہٕ فارسی کیو سنسکرت ادب پھرنوٗن کاشرِ زبانٕی منز۔ یہِ توارٖیخی کارنامہِ انجام دِنہٕ خٲطرٕ چھُ بڈشاہ اکھ وسیع دارالترجمہ قائیم کران[14]۔ یہ ادارٕ موثر تہٕ ترقی یافتہٕ بناونہٕ خٲطرٕ چھُ بڈشاہ طرفاتو کِنۍ سنسکرت تہٕ فارسی قلمی نسخہٕ سومبراوان۔ مُلکِ فارس پیٹھٕ چھُ شہزادہ شاہ رُخ (1404-1447 A.D) بڈشاہنس استدعاہس پیٹھ واریاہ فارسی قلمی نُسخہٕ تہٕ شبہٕ سُکالر کٲشرِ سوزان یِمہِ ستی کٲشرِ تہٕ وسطِ ایشیاکین سیاسی ، ادبی تہٕ ثقافتی تعلقاتن منز مزید وُسجار سپُد[15]۔ یِمن سُکالرن ہنٛدِ کٲشرِ واتنہٕ تہٕ بڈشاہُن دارالترجمہ قائیم کرنک نتیجہِ دارو یہ زِ واریاہ قلمی نسخہٕ آے اکہِ زبانٕی پیٹھٕ بیٛیس زبانٕی منز پھرنہٕ۔ مولانا عبدالرحمان جامی سنٛز "یوسف زلیخا" آیہِ شری ورنہِ دٔسی سنسکرت زبانٕی منز ترجمہِ کرنہٕ۔ یِیلہِ زَن "جین پرکاش" یُد بٹن کاشرِ زبانٕی منز پھرِ۔ تِتھے پٲٹھی چھُ مُلا احمد مہابھارت تہٕ راج ترنگنی فارسی پٲٹھی ترجمہٕ کران تہٕ کینٛہہ

---

13۔ محمد اعظم دیدمُری، 2001ء، واقعات کشمیر، مترجم۔ پروفیسر شمس الدین احمد، سرینگر، ص 71۔

14 - Mohibbul-Hasan, 1959, Kahsmir Under the Sultans, Culcutta, P. 89.

15 - Ibid, PP. 16-17

کال گژھتھ چھُ شاہ محمد شاہ آبادی تہٕ راج ترنگنی ہُنٛد ترجمہٕ فارس زبٲنۍ منٛز کران۔ ترجمن ہنٛز یہِ کٲم اُس نہٕ یکطرفہٕ بلکہِ دُطرفانہٕ[16]۔ نوشیروان عادل چھُ بوزوناوِکس اکِس حکیمس ہندوستانکس رازٕ دربارس منٛز سوزان یُس واپسی پیٹھ سنسکرت زبٲنۍ منٛز لیکھنہٕ آمُت "پنچ تنتر" ناوُک قلمی نُسخہٕ پانس ستی نوان چھُ۔ یہِ کتاب آیہِ گوڈٕ پہلوی پتہٕ عربی تہٕ اُخرس فارسیس منٛز پھرنہٕ[17]۔ یتھے پٲٹھی چھےٚ وسطِ ایشیاہس منٛز وارياہ کتابہٕ سنسکرت تہٕ تخورین زبٲنۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ مثلن۔

> " We know of some billingual documdents containg Sanskrit texts and their kuchean (Tokharian) or Agnean (Tokharian) or Khotanese (Saka) Versions" [18]

وسط ایشیاءٕ تہٕ کشیرِ ہندی ادبی رشتہٕ چھِ بابا داوودِ خاکی تہٕ شیخ یعقوبِ صرفی سنٛزو تخلیقو ستی مزید مضبوط سپدان۔ یتھ منٛز اول الذکر سنٛز وردالمریدین، دستور السالکین تہٕ رسالہِ ضروبہ، موخرالذکر سنٛز کنزالجواہر، مطالب الطالبین تہٕ حاشیہ روائج شامِل چھےٚ۔ یتھے پٲٹھی چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہری راحت القلوب تہٕ رسالاالتل سلوک لیکھتھ کٲشرِ تہٕ فارسی رشتن وُسجار دِوان۔ یِیلہِ زَن مُلا طاہر غنی شاعرانہٕ مرتبہٕ کِنۍ ایران تام کشیرِ ہُنٛد

16 - B.N. Mukherjee, 1996, India in early Central Asia, New Delhi, P 28.
17 - Nalinee.M.Chapekar, 1988, Ancient India and Iran. New Delhi P. 14.
18 - B.N. Mukherjee, P 28

ناو روشن چھُ کران۔ وسطی دورہے منز چھُ حسن بیگ ''مُنتخب التواریخ''
ملک حیدر زٔوڈٔری تاریخ کشمیر، رفیع الدین احمد غافل نوادر الاخبار، محمد اعظم
دیدمٔری واقعات کشمیر، تجرید الطالبین، ثمرات الاشجار ناوچہِ کتابہِ تحریر کران۔

افغان تہٕ سِکھ دورس منز چھُ فارسی تہٕ کأشُر ادب براہ راست
کشمکشس منز لبنہٕ یوان۔ لمہِ وزِ اوس اکھِ طرفہٕ ترجمن ہُنْد ماحول پھاپھلان
تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ اوس کأشُر شاعر فارسی زبأنی ہنْدِ غلبہٕ نشہِ نجات پراوٕنچ جدوجہد
کران۔ یمیُک نتیجہِ یہِ دژاو زِ بیشتر فارسی مثنوین لوٚگ کأشرِ زبأنی منز
ترجمہٕ گژھنہِ۔ یتھ منز شیرین خسرو، لیلےٰ مجنون، یوسف زلیخا، یک حکایت
، قصہ شیخ صنعا، سلطان غزنو، قصہٕ ہارون رشید، گُلریز، منصور نامہ، قصہ
چہار درویش، قصہ بہرام گور، نونہال گلبدن، اکبرنامہ، خلافت نامہ،
شاہنامہ، سام نامہ، خاور نامہ، ظفر نامہ، جنگ علقم، گل صنوبر، ہزار داستان،
الف لأل، حاتم طے، جنگ امام حنف، جنگ تال، جنگ خیبر، جنگ
بیرالالم، زیبا نگار، ممتاز بے نظیر، روضۃ الشہداتہٕ گُل دستہ بے نظیر شأمِل
چھےٚ۔ یتھے پأٹھی سپز اَتھ دورس منز مُکمل فارسی آمیز کأشر شأعری۔ یتھ منز
فاخر کشمیری، محمود گأمی تہٕ رسول میر ناو ہنبس لایق شأعر چھِ۔ وننگ
مطلب چھُ یہِ زِ کأشرِ زبأنی پیٹھ فارسیُک اثر پیوٚن اوس لأزمی۔ کأشرِ
شأعری ہُنْد مطالعہٕ گہرأیی سان کرنہٕ ستی چھُ واضح گژھان زِ شعرن ہنْدی
شعرٕ چھِ فارسی تہٕ باقے چھِ شعرک اکھ بند فارسی تہٕ دوٚیم کأشر۔ ممکن

از ملک یارقند کرہفت در بند　　　دروِیشہِ کُری زِنوحالی یے حالی یے

(کلام احمد بٹوآری)

کاشرِس ادبس منز چھِ وسط ایشیاکین درجن واد سماجی، سیاسی تہٕ ادبی شخصیاتن ہنٛدی ناو نظرِ گژھان۔ یتھ منز جمشید، کیقاووس، کیخسرو، سیاوش، اسفند یار، بہمن، نریمان، سام، زال، رُستم، سہراب، افراسیاب، نوشیروان، شیرین، فرہاد، شیخ صنعا، جامی، سعدی، فردوسی بیترِ شامل چھِ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ کاشرِ شاعری پیٹھ وسط ایشیایی جاین ہنٛدی ناو تہٕ اثر انداز سپدی متی۔ مثلن۔ ایران، بدخشان، تُرکستان، توران، جیلان، ختلان، سمرقند، سبزوار، شیراز، یارقند، کوہ قاف، مازندران، نخشب، ہمدان، البرز تہٕ ختن بیترِ۔

کاشرِس تخلیقی ادبس پیٹھ وسط ایشیاکین ثقافتی اثراتن ہنٛز چھاپ چھیہٕ ہرلحاظہٕ نمایاں۔ ستی چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ ٹاکارٕ زِ وسط ایشیاہکی اثرات چھِ کاشرِس فوک ادبس پیٹھ تہٕ اثر انداز سپدی متی۔ یتھ منز فوک لورٕکی بیشتر قسم شامل چھِ۔ اِدٕ سہٕ ونوُن، روٗو، کہاوت، تلمیح، کردار، اصطلاح، کہانی، تشبیہ یا بییہٕ کانٛہہ پہلو چھُ۔ خوش آمدید، صبح بخیر، شب بخیر، خدا حافظ، قزاق تیر، آگر پچھنی، کجاسہ، یار زندہ صحبت باقی، واقف نان دشمن جان، دیر آید درست آید، نوروز، طفل شود خانہ دار خانہ شود ویران، قُلچہٕ، دسترخوان، قہوٕ، سماوار، قراقلی، بتہٕ تھی ہی ہتہٕ واد لفظ، اصطلاح تہٕ کہاوٕژ

چھِے وسطِ ایشیاءِ پیٹھٕ سفر کرِتھ کاشرِ میژ شروپیمژ تہٕ ووٚنی اَمکی اَژھینی حصہٕ بنیمتی ۔ شیام لال پردیسی چھُ شاید اَتھی پوٚت منظرس یتھٕ پاٹھی پیش کران:

سُہ بابر آو تتہِ پیٹھٕ شان تھاوِن
بنیوو یتہٕ شاہ، مغل بُنیاد تراوِنی
تمو بوٚر لول سائنس گاٹہٕ جارس
تتیک فن واتہٕ نوٗکھ یتھ شہارس
اَکی نسلکی چھِ زَن اَسی بأے بارِنی
کُنُے رنگ خولہٕ خط پھولی گاٹہٕ جارِنی
ترک ، رستم تہٕ اسفندیار کاتیاہ
ہیوان اَسی ناو تہندی حشمت و جاہ
چھِ، یِم شاہ ناہکی کردار ساری
گیوان اَسی وندہٕ راژن منز ژوپاری 19

یتھنتھ اگر یتھ کتھِ کُن تہِ اشارِ کروزِ رشتہٕ چھُ دُطرفانہٕ آسان نہ کہ یکطرفہٕ ۔ شاید گژھِ نہٕ ووٚتھ ۔ مگر ونیکتام یہ کینژھاہ تحقیق کشیرِ تہٕ وسطِ ایشیاکین رشتن ہندِ حوالہٕ بروٚنہہ کُن آو، تتھ منز چھُ یہ عنصر غالب زِ کاشرِ ثقافتک بیشتر حصہٕ چھُ وسطِ ایشیاءِ پیٹھے درآمد سپدمُت یہ زَن مبالغہ آمیز چھُ ۔ تاہم چھِے محققو تہٕ تجزیہ نگارو وتژھ کینہہ مثالہ پیش کرِمژ یمو ستی تمہٕ

19 ۔ شیام لال پردیسی، 1987، آموزِ رِیاتہٕ وتھتا، انت ناگ، ص 6-5

تحقیقی وتہٕ کاشراونہٕ ییٚن، یِمہٕ تأریخی دولابوتہٕ محققن ہٕنزِ بےتوجہی کِنی کانہٕ گۄمرٕ چھےٚیہٕ۔ مثلن ۔ وسطِ ایشیا ہُک دورٕ کرن وول اکھ کأشر شأعرتہٕ نقاد عبدالستار رنجور چھُ لیکھان:

''تاشقندٕ چ مشید وُچھنہٕ وِزِ سمکھی مےٚ واریاہ بُزرگ مسلمان، یِمو منٛز أکی بزرگن میون تہٕ میانہِ وطنُک ناو بوزتھ وژھِ وأنجہِ مےٚ ییٚتی لولہٕ بۄرُت نالہٕ مۄت کرِتھ تہٕ میأنِس ڈیکس مایہٕ ہۄت بوسہٕ دِتھ وون زِ تیٚنٛدی پرأنی چھِ اصلی کأشری أسی ییٚتی ۔ یِم شُرأہمہِ صدی منٛز اۆت وأتی ییٚتی چھِ۔ یِہنٛد بِن اولادن ہِنٛدی اکھ ہتھ کھوتہٕ زیادٕ گرٕ سیرٕ دٕریاوِ کِس علاقس منٛز بسان چھِ۔ یِمو منٛزٕ واریاہ ووٚنی از بڈٕی بڈٕی افسر، ڈاکٹر، پروفیسر تہٕ انجینئر بیترِ تہٕ بلیٚمتی چھِ۔''[20]

رنجور چھُ مزید لیکھان زِ تاشقندٕ پیٹھ ڈوڈٕ ہتھ کلو میٹر دۄرٕ چھےٚیہٕ ''کچھ مورو'' ناوٕچ کأشرِ بستی یہنٛزٕ ذات میر چھےٚ۔ تاہم چھُ راوِیس سبٹھاہ افسوس زِ سُہ ہیوٚک نہٕ اَتھ گامس تام وأتِتھ[21]۔ راوی ہنٛز یہِ راے چھےٚیہٕ وزن دار باسان یتھ منٛز سُہ دعویٰ چھُ کران زِ کچھ مورو گژھِ کشمیرٕچ بگرٕ یمٕژ صورت آسٕنی[22]۔ یتھے پأٹھی چھےٚیہٕ بیا کھ اکھ بُستی تاجکستانکِس جنوبس منٛز

---

[20] سون ادب 1981ء، سرینگر، ص، 25۔ [21] مذکورٕ، 25

[22] مذکور، 25

یێتہِ کأشری آباد چھِ۔ یتھ نگارانا وچھُ 23ے۔ اگر مورخ، محقق تہٕ نقاد یِمن بُستین تام واتنچ کوٗشش کرن، ممکن چھُ وسط ایشیاء تہٕ کٔشیرِ ہِندٕ ہن وٚسیمتبن رشتن ژلہِ شاپھ تہٕ پرانبن تعلقاتن لگہِ پھیُر تہٕ نٔوی رشتہٕ گرٛھن اُستوار۔ یتھ پہلوس تہٕ چھُ سننُک ضرورت آیا وسطِ ایشیاہکی دأنشور تہٕ قلمکار کمہِ آیہِ چھِ کأشرِس ثقافتس وُچھان تہٕ کیٛاہ چھِ اَتھ متعلق رائے تھاوان۔ اَمہِ حوالہٕ چھیٚہ اکھ مثال دستیاب سپز ہمہ یمہِ مطأبق کأشرِ زبأنی ہِندِس نامور شاعر، ڈراما نگار تہٕ نقاد دینا ناتھ نأدی مُن اوپیرا ''بوٚمبُر تہٕ یمبرزل'' شرف رشیدو فن اُزبک تہٕ مرزا ترسون زادن تاجِک زبأنی منٛز ترجمہٕ چھُ کوٚرمُت 24ے۔ اگر وسطِ ایشیأیی ادبس منٛز کٔشیرِ ہِندِ حوالہِ کتھ کرنہٕ یِیہ، شاید میلہِ رِشتن مزید وُسعت۔ پشتو زبأنی ہنٛزٕ اَکِس کہاوَژ منٛز چھُ کٔشیرِ ہُند مرتبہٕ یتھٕ کٔنی تھٕزراونہٕ آمُت۔

ہرچھتا کھپل وطن کشمیردِ

امیُک مطلب چھُ زِ ''پرِ بتھ کأنسہِ خأطرِ چھُ تسُند وطن کٔشیرِ ہیوٚ''

یژھے ہشہِ کِژ مثالہِ آسن وسطِ ایشیاکِس ادبس کیٛو ثقافتس منٛز رٔژھرِتھ یمہِ بَدِ کڈنہِ سُکالرن ہنٛز کأم چھیٚہ تاکہِ کٔشیرِ تہٕ وسط ایشیاکین مشترکہ رشتن لگہِ ووکھر۔

---

23ے۔ مذکور 26

24ے۔ غلام نبی خیال، 1998ء، کاروانِ خیال، سرینگر، ص 103۔

# کأشرس فوک لورس پٮ۪ٹھ وسط ایشیاہکی اثرات

محققو چھِ فوک لورٕکی درجن وادتعریف کرٕی متی۔ تیٚچ ذِکر برونٹھے کرنہٕ چھےٚ آمتٕ۔ اتھ پٮ۪ٹھ مزید بحث کرنہٕ برونٹھہ چھُ یہِ زانُن ضروری زِ وسط ایشیاء تہٕ کٲشرِ متعلق کیاہ چھِ فوک لور ماٲہرن ہٕنز راے۔ وسط ایشیاٚکس فوک لورس متعلق چھِ محقق لیکھان:

"The rich folklore and literary heritage of Central Asia-which include numerous epics, tales and legends-were created by brilliant poets and writers of the past". 1

ییٚلہِ زَن کٲشرِ متعلق وننہٕ چھُ یوان زِ یہِ چھےٚ فوک لورس منز مقابلاً سبٹھاہ زرخیز۔ چنانچہِ چھُ اکھ مشہور مغربی محقق رقمطراز:

"Kashmir as a field of folklore literature is, perhapes not surpassed in fertility by any other country in the world". 2

وونی یوٚ تام کأشرِ زبأنی منز پارٕدی خاص کر وسطِ ایشیأیی فوک عنصر موجود آسنک تعلق، چھُ بیشتر محقق چھِ یتھ کتھِ ستی اتفاق کران زِ کٲشرِ پٮ۪ٹھ چھِ قدیم زمانہٕ پٮ۪ٹھے وسط ایشیأیی اثرات مرتب سپدان آمتی۔ چاہے تم مذہبی معاملات چھِ یا ثقافتی، تخلیقی چھِ یا تحقیقی یا زبأنی زبأنی چلہٕ ونہِ ادبکی۔ چنانچہِ چھُ عبدالستار رنجور لیکھان:

---

1.Rafis Abazov, 2007, Culture and customs of the Central Asian Republics, London, P.79.
2. J.H.Knowles, 1893, Folktales of Kashmir, London, P.1

''...... اَمہِ بجایہِ چھُ کاشرِ ہُند رنگ، نسل، کلچر، رسُم و رواج، ریوایژ تہٕ آدابہٕ اطوار واریاہ حدس تام مۆزمہِ ایشیاکین علاقن تہٕ قومن سٟتۍ رلان۔ یۄ دوٚے کٔشیرِ تہٕ یمن علاقن درمیان ہتہٕ بدٕ وٕری ین ہُند ژھِنن تہٕ بیوٚن بیوٚن سماجی ارتھن ہنٛز ہیر پھیر تہٕ گٔمژ چھےٚ اَمہِ باوجود تہٕ چھُ وُنہِ کاشرِس تہذیبس تہٕ مۆزمہِ ایشیاکس تہذیبس پانہٕ وٲنی اکھ أکِس سٟتۍ سبطھاہ ہشر باسان۔'' 3

اگر سینہٕ بہ سینہٕ چلہٕ وُنہِ ادبچ کتھ کرو، سو تہٕ لُکہٕ کتھن ہنٛز اکھ مُشترکہٕ ڈلیلہٕ ماحول چھُ بروٗنہہ کُن یوان۔ شاید چھُ توے محمد احسن احسن لیکھان:

'' سانہِ واریاہ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ ترٛژہٕ یمن ہُند روٗپ تہٕ رنگ وسطِ ایشیاہس منٛز مُروج لُکہٕ کتھن سٟتۍ رلان چھُ۔ 4

ییٚلہِ کاشرِس تخلیقی ادبس سام چھِ ہوان، وسط ایشیاہکہِ فوک لورِچ ژھاے گژاے چھیٚہٕ وَنہِ یوان۔ مثلن

| | |
|---|---|
| گوکھ شیریٖنہِ وعدٕ تھاوِتھ | فرہادو ڈانبلو |
| آب کوہس واتناوِتھ | ژوٚلکھہٕ تراوِتھ دلبرو 5 |



---

3 عبدالستار رنجور، 1981ء مۆزم ایشیاء تہٕ کٔشیر، سون ادب، سرینگر، ص8۔

4 محمد احسن احسن، 1973ء کاشر لُکہٕ کتھہٕ، سرینگر، ص7۔

5 کلیات محمود گامی، 1977ء ناجی منور (مرتب)، سرینگر، ص87۔

آیہِ خبراہ مُلکِ ایرانے　　　بوزکن تھاوونے داستانے
پادشاہ اوس بہدور خاناہ　　　بوزو وفاداری ہوعنقا6

☆

تِتھے پأٹھی چھِ کأشرِس تحقیقی ادبس پیٹھ تہِ وو پرفوک لورِکی اثرات نمایاں۔ ایرانُک کاوِ آہنگر، کاوِیأنی علم تہِ ہخامُنشی رازن ہُنْد تذکرِ چھُ از تہِ سائنس تحقیقی کیٛو تنقیدی ادبس منز سپدان۔7

کأشر زبأنی منز چھِ تِتھی واریاہ مرکب لفظ، محاورِ جُملہِ تہِ ناو موجود یمن وسطِ ایشیأئی فوک لورُک شیہلُن چھُ یوان۔ عدلِ نوشیروان، جامِ جم، ضحاک، تالہِ ٹونگ، فرہاد بُڈ تہِ نجدِ ون بیترِ ہیکبن اَمِچ کینْہہ خاص مثالہِ گنز راونہِ یِتھ۔ پرٛدی فوک لورِکی یم اثرات چھِ کأشرِ زبأنی منز بیٚیہِ تہِ کینژن چیزن تہِ جاین ہِنْدبن ناون منز رِژھرِتھ۔ مثلن، مغل چاے، مغل ٹوپی، مغل بٹونی، مغل ماٛدان، مغل مزار، مغل مشید، مغل پوٗرہ، ہمدانیہ کالونی، یارقندی گُر تہِ مراب (میر آب) بیترِ۔

کأشرِس فوک لورس منز چھُ اکھ مرکب لفظ "لاس لبُن" لاس، چھُ بنیأدی لُہاسہِ، یوسہِ بروٗنہہ کالہِ پیٹھے تِچ رازِ دأنی تہِ اکھ تجارتی مرکز چھے روزمُت۔ بقولِ ارجن دیو مجبور۔ یُس تہِ کأشُر کاروبارکہِ غرضہِ تبت گژھان اوس، سُہ اوس تتہِ جان کمأے کران یٚیمہِ کنْی تس واپس ینس وونْدے اوس نہِ یوان۔ یہِ زَن یٚیمہِ لُکہِ شعرِ تلہِ واضح چھُ:

---

6. کلیات وہاب کھار، 1999ء، آفاق عزیز (مرتب)، سرینگر، ص 260۔
7. محمد یوسف ٹینگ، 2008ء کأشرِ کتاب، دہلی، ص، 88۔

آوَے تَس نو زانٔہہ پیٛوو داو[8] یُس گولاس سُہ زانٔہہ نہ ییے

تاہم چھُ محمد یوسف ٹینگ لاس لفظ لہاسہ سٟتۍ منسوٗب کرنس رد کران
لیکھان زِ لاس چھِ ریشم کپرس ونان[9]۔ یوسہٕ چینہٕ پٔٹھ یوان اَس ییمہِ کنۍ یہِ
لاس باسان اَس۔ لاس ئنٛز لفظیٖ وضاحت کران چھُ ٹینگ صأب لیکھان زِ
کأشری چھِ کانٛہہ قیمتی چیز اننہٕ وِزِ ونان:

۱۔ ژٕرے گُس لاس پٕچھے لوٚبمُت۔

۲۔ خبر گُس لاس چھُس لوٚبمُت۔

اگر گُنہِ وِزِ گُنہِ کامہِ منٛز کانٛہہ خاص فأید آسنہٕ تمہِ ساتہٕ چھُ مذکورٕ بالا
جُملن ہُنٛد استعمال سپدان۔ مُوخرالذکر تجزیہ چھُ زیادٕ صحیح باسان۔

تِتھے پأٹھۍ ییلہِ کأشرِن کہاوژن، تلمیحن تہٕ فوک شأعری ہُنٛد
مطالعہٕ چھُ سپدان، وسطِ ایشیأیی فوک انہار چھِ یسلہٕ پأٹھۍ بروٗنٛہہ گژھان
یوان۔ یِم انہار قأرِیس تام واتناونہٕ خأطرٕ چھُ ضروری زِ مذکورٕ بالا موضوع
پٮ۪ن اکہِ اکہِ ویژھناونہٕ۔

## کہاوت

اُردو کہاوت، عربی ضرب المثل تہٕ انگریز پروٗرب لفظ چھِ تتھۍ
معنیس منٛز ورتاونہٕ یوان یُس معنہِ ''دوٚپ'' لفظس کأشرِس منٛز چھُ۔ البتہٕ
چھِ یِم دوشوٕے لفظ یعنی کہاوت تہٕ دوٚپ کأشرِس ادبس کیٛو دوہ دیٛنچہِ زبأنۍ

8 سون ادب 1981ء، کلچرل اکیڈیمی سرینگر، ص 172۔
9 محمد یوسف ٹینگ، 2008، کأشر کتاب، دہلی، ص، 103۔

مثز لرِ لوٗر استعمال سپدان ۔ تتھ کلامس یُس کُنہِ خاص وجہِ کِنۍ لگن مثز سینہٕ بہ سینہٕ چلہٕ وُن آسہِ ، چھِ کہاوت ونان10۔ کہاوژ مثز کیاہ چھُ رٔژھرِ تھ آسان تتھ متعلق چھُ کارا گیوگس لیکھان:

"Proverbs contain keen observations of every day life, constitue popular philosphy of life, and provide an insight into human behaviour and character" 11

ییٚلہِ زن کاشکاری اَتھ متعلق یہِ راے تھاوان چھُ:

"......a proverb must have its roots deep in popular usage; it must come from the people and go back to them; it must be theirs throughout" 12

کہاوت چھیٚہ تیژے پرأنۍ یۄت انسان سُنٛد تہذیب و تمدُن چھُ ۔ اَمیُک مطلب چھُ صاف زِ کہاوژ چھیٚہ بروٗنٛہہ کالہِ پیٹھے وجودس یوان آسہٕ مژٕ ۔ ڈاکٹر پیناس چھُ لیکھان:

" The earlist collections of proverbs can be traced as for back as ancient Egypt about 2500 BC. The old testament attributed some 900 proverbs to king solomon of Isreal (10th Century BC)." 13

یہ چھےٚ عام راے زِ کہاوژ ہنٛز بُنیاد چھیٚہ تجربس پیٹھ ڈ رِتھ ۔ یہِ وضاحت

---

10 سون ادب 1981ء کلچرل اکیڈیمی، سرینگر، ص 172۔

11.Wordnetweb. Princeton. edu/perl/webwn.

12.Sudarashan Kashkari, 1962, The wit of Kashmir, Srinagar, P.1

13.Dr.Panos Karagiogas, 1991, Greek and English Proverbs- introduction, London P.11

گیہِ اُسی تھے مگر سوال چھُ پاَدٕ سپدان زِ کہاوت کیازِ چھےٚ بارسس یوان۔ اَمکی محرکات کیاہ چھِ۔ اَتھ متعلق چھِ مختلف سکالر بیوٚن بیوٚن رائے تھاوان۔ اکھ خاص رائے چھےٚ یہِ زِ واقعات چھِ کہاوژن ہندی موجِد آ۔ان۔کوہن چھُ رقمطراز:

"Historically incidents have given rise to proverbs"14

پزر چھُ یہِ زِ کہاوت یا دوٚپ چھُ اکہِ وٕسیع تجربک تہٕ مشاہدُک ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ نتیجہِ 15۔یتھ اکھ مخصوص لفظِ ترتیب آسان چھےٚ یمیُک۔ آگُر سماجکین مختلف طبقن ہندی فرد مانہٕ چھِ یوان۔ مثلن

1۔ دوہ کڈُن گوٚو کوہ کڈُن۔

2۔ پنہٕ نبو چھِنہٕ مأنی ہٕتی پأغمبر۔

3۔ یُس یہِ وَدِسہ تہِ لونہِ۔

4۔ پلم نے تہٕ ژوکی گأم۔

5۔ بأزی گارس بأزی گرس۔

نی تو گوڈنیُک دوٚپ۔اَمیُک مطلب چھُ یہِ زِ زندگی چھےٚ ناپائیدار۔ شہہ کھالنس چھُ ہیم یعنی موت چھُ شہہ رگو کھوتہٕ تہِ نزدیک۔ دوٚیمہِ مثالہِ

---

14.Dr. Panos Karagiogas, 1991, Greek and English Proverbs-introduction, London, P.11

15. Abraham Cuhen, 1911, Ancient Jewish proverbs, London, P.27

15. محی الدین حاجنی، 1941، کأشِر شرچ کتاب، دہلی، ص 18

ہُنٛد معنہِ مفہوم چھُ یہِ زِ بیشتر پیغمبرن چھُ پنہٕ نٕو حق ہمسایو، انگ اَشناو وتہٕ سماج دُشمنو سٟتؠ تکلیف دِیتھمت۔ ووں اگر کانٛہہ نفر کُنہِ لحاظہٕ کانٛہہ اہم کارنامہٕ انجام دِیہِ۔ پنہٕ نٕبن چھُنہٕ ہٹے وسان۔ تِتھبن موقعن پیٹھ چھُ یہِ دۄپ ورتاونہٕ یِوان۔ تِتھے پأٹھی یێلہِ کأشرِ زبأنی منٛز روزمرٕ ویوہارس سنان چھِ، تِژھن کہاوژن ہنٛز نشاندہی چھیٚہ سپدان یہُنٛد آگر بہرحال وسط ایشیا چھُ۔

کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ پیش:

1۔ اول خویش بعد درویش۔

2۔ پاک باش لایق دیدار باش۔

3۔ ذرہ حکومت تودہ اشرفی۔

4۔ قضیہِ زمین برسرِ زمین۔

5۔ حیلہٕ گر را بہانہ بسیار۔

6۔ طفل شود خانہ دار خانہ شود ویران۔

7۔ چاہ کُن راہ چاہ درپیش۔

8۔ کار نجار بدست گلکار۔

9۔ زبانِ خلق نقارہ خدا۔

10۔ قہر درویش بر جان درویش۔

11۔ قبل از مرگ واویلا۔

12۔ مدعی سُست گواہ چُست

13۔ مالِ مُفت دِل بے رحم۔

14۔ آزمودہ را آزمودن خطاست۔

15۔ عاقل را اشارہ کافی است۔

16۔ نیم حکیم خطرہ جان۔

17۔ بد بدی گار خود گرفتار۔

18۔ داہ در دنیا ہزار در آخرت۔

19۔ دردِ دندان، اخراجِ دندان۔

20۔ حُکم حاکم مرگِ مفاجات۔

21۔ خلق بر خدا، خدا بر خلق۔

یِمہٕ سارے کہاوژ چھےٚ فارسی پیٹھ منتقل گرٛھتھ کاشُرِ زبانۍ تہٕ فوک لورچہِ حِصہٕ بنیمٕژٕ۔ کاشُرِ روز مرہ زندگی منٛز چھےٚ بیٚیہِ کیٚنہہ تِژہٕ کہاوژ ورتاونہٕ یوان یِمہٕ پنہٕ نین آگر زبانن منٛز مختلف طریقو استعمال سپدان چھےٚ۔ مثلن۔

1۔ مارگزیدہ از ریسمان مے ترسد۔

1.1۔ مارگزیدہ از ریسمانِ سیاہ وسفید مے ترسد[16]۔

کہاوژ ہٕندی یم دوشوَے رۆپ چھِ فارسی زبانۍ منٛز استعمال یوان کرنہٕ یِیلہِ زَن یُہے کہاوت دری زبانۍ منٛز یتھٕ گٔنی ورتاوس منٛز چھےٚ:

---

16. www. Wikiquote. persian proverbs.com

1۔ مار گزیدہ از ریسمان دراز مے ترسد[17]۔

تاہم چھُ کاشرِ زبانٔی منز اَمہِ کہاوَژ ہُنٛد یہِ رۄپ ورتاونہٕ یوان۔

1۔ مار گزیدہ از ریسمان مے ترسد۔

تِتھے پأٹھی چھےٚ یمہِ کہاوَژ تہٕ کأشرِس لُکہٕ یادٕ وٕترِس منز رأتج یہُنٛد

آگُر فارسی تہٕ دری زبانٔی منز مشترکہٕ چھُ۔ مثالے

1۔ یک انار صد بیمار (فارسی، دری)

2۔ قطرہ قطرہ بہم شود دریا (فارسی)

3۔ قطرہ قطرہ جمع شود، دریا شود[18] (دری)

4۔ دیر آید درُست آید (فارسی، دری)

5۔ یک جان در دو قالب[19] (ترُکی)

موخر الذکر کہاوت چھیٚہ کأشرِ زبانٔی منز یتھ پأٹھی ورتاونہٕ یوان:

1۔ یک جان دو قالب۔

کأشرِس فوک لورس منز چھیٚہ کینٛہہ ریختہٕ کہاوَژ تہٕ مُروج یمن پیٹھ

زیادٕ پہن ایرأنی فوک لورٕکی اثرات نمایاں چھِ۔ مثلن

1۔ مغل ڈیشتھ فارسی پھۄرُن۔

1.1۔ نیم حکیم گو خطرہ جان۔

---

17. Members.mullimania.co.uk/khorasan/Dari proverbs.pdf.
18. ibid.
19. www.ottomansouvenir.com/Turkish-proverbs-2.htm.

1.2۔ کائد گو مارِ خفتہٕ۔

1.3۔ بوے بأیس دُشمناہ، بوے بأیس پُش پناہ[20]۔

1.4۔ بارِ عیال گو کارِ ابدال۔

1.5۔ دل بہ دل چھُ آئینہٕ۔

1.6۔ نپتہٕ بدس روزِ بد۔

1.7۔ خود حیران تہٕ راہ کُدام[21]۔

1.8۔ کُجا ترٛٹھ تہٕ کُجا باد[22]۔

1.9۔ گوردأل پاوِ بہہِ آنہٕ پیٚنٛز۔

گوردٕول چھُ اَرزٕ ژھُنڈ اکھ آنچہٕ دار میوٕ یُس کشیرِ علاوٕ اُزبکستانس منٛز تہِ ووپدان چھُ۔ خیال چھُ کرنہٕ یوان زِ یہِ میوٕ چھُ بڈٕ شاہن ازبکستانہٕ پیٹھٕ اونمت[23]۔

واریاہ کہاوژ چھیٚہ مختلف زبانن منٛز یا تہٕ ہشے نتہٕ معمولی ہیرِ پھیرِ سان کُنے معنہِ تھاوان۔ غلام رضا چھُ لیکھان:

"One proverb may be completely similar in different languages and cultures. Often a proverb is found with variations in many different parts of the world. [24]

---

20۔ کأشری دٕپتہٕ، 1988، غلام نبی ناظر (ترتیب کار) کلچرل اکیڈمی، سرینگر، ص، 36

21۔ مذکورٕ، ص، 365۔

22۔ مذکورٕ، ص، 406۔

23۔ عبدالستار رنجور، مُنزم الشیائہٕ کشیر، سون ادب 1981، کلچرل اکیڈمی، سرینگر، ص 24-23

24. Gholamraza. Azarly, 1991, First Iranian contributors to the collection of persian proverbs. Iran. P.62

اُمہِ قسمچہِ واریاہ مثالہٕ چھےٚ کأشرِ زبأنۍ منٛز تہِ درینٛٹھۍ گژھان:

1۔ ہوٚن/ ہونۍ ووران کارخانہٕ پکان۔ (کأشرِ کہاوت)

ترکی زبأنۍ منٛز چھُ کارخانہٕ بدلہٕ، کاروان، لفظ استعمال سپدان۔

1.1۔ أچھو دور دِلہٕ دور۔ (کأشر کہاوت)

1.2۔ از دیدہ دور از دل دور[25]۔ (فارسی کہاوت)

1.3۔ یُس کرِ حرکت تُسی بنہِ برکت۔ (کأشرِ کہاوت)

کأشرِ پأٹھۍ چھِ اَتھ استعمال کرنُکۍ یِم طریقہٕ تہِ:

☆ حرکت گیہِ برکت۔

☆ حرکتس چھےٚ برکت۔

اَمیُک فارسی چھُ:

☆ از تو حرکت، از خدا برکت۔

1.4۔ سٕرۍ پیٹھۍ سہلاب گژھن۔ (کأشر کہاوت)

1.5۔ آب از سر گذشتہ۔ (فارسی کہاوت)

1.6۔ دندس تل زیوٚ ژھٕنۍ۔ (کأشر کہاوت)

اَمہِ کہاوٕ ژھٕنڈۍ یِم روٗپ تہِ چھِ ورتاونہٕ یوان:

1.7۔ دندس تل زیوٚ رَٹنۍ۔

1.8۔ ژمۍ رٹ/ ژھنۍ دندس تل زیوٚ۔

---

25۔ کأشرۍ دٕپٕتۍ 1988ء غلام نبی ناظر (ترتیب کار) کلچرل اکیڈیمی، سرینگر، ص8۔

ترُکی زبانٔ منز چھیٚہ یہِ کہاوت یتھٕ کٔنۍ استعمال سپدان۔

1.9۔ناخن بہ دندان گرفتن[26]۔

2.۔دورِ کس اَشناوِ ہِندِ کھوتہٕ چھُ نکھٕ تلُک ہمسایہِ بہتر۔(کأشِر کہاوت)

2.1۔ہمسایہِ نزدیک ،بہتر از برادر دور۔(فارسی کہاوت)

2.2۔کتھِ منٛزٕ چھیٚہ کتھ نیران۔ (کأشِر کہاوت)

2.3۔کتھِ منٛز کوتھ۔ (کأشر کہاوت)

2.4۔از گپ ،گپ وخُزد[27]۔ (ڈری کہاوت)

2.5۔نادان دوستہٕ ہِندِ کھوتہٕ گژھِ/چھُ دانا دُشمن بہتر۔
(کأشر کہاوت)

2.6۔دُشمن دناہٕ از دوستِ نادان[28]۔ (ڈری کہاوت)

2.7۔رِیٚہِ چھُ شبنمٕ طوفان۔ (کأشرِ کہاوت)

2.8۔خانہ مور را شبنم طوفان است[29]۔ (دری کہاوت)

2.9۔زیٚوٕ ہے تارِتہٕ زیٚوٕ ے مارِ۔ (کأشرِ کہاوت)

3.۔زبان خوٗب راحت جان۔

زبانِ بد دشمن جان[30]۔ (دری کہاوت)

---

26.www.ottomansouvenir.com/Turkish-proverbs-2-htm.

27: Members, Multimania.co.uk/khoras on/dariproverbs.pdf.

28.ibid.

29.ibid.

30.ibid.

3.1۔ ژھرِ ے مٔٹ چھےٚ وزان۔ (کأشر کہاوت)

اَمیُک پشتو چھُ یتھٕ کُنہٕ:

3.2۔ دہ خالی دیگ گہگ لردی[31]۔

اکھ فارسی کہاوت چھےٚ:

3.3۔ ہر شب، شب قدر است، اگر قدر دانی۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ یہِ کہاوت کینٛژن صوفی شاعرن ہٕنٛدِس کلامَس منٛز نظرِ گژھان۔ مثلن۔

سُتوٗ ہم ماہ رجب آو تمہِ شبہِ حضرتؐ سأئِلس دراو

تتھ شبس پیٚو شبِ قدرے ناو تاج دارسون معراجس وژاو[32]

تاہم چھُ مےٚ پننہِ لوکچاریٚ ننٛدربن نشہِ "تتھ" شبس بجایہِ "ہر شبس" تہِ بوزمُت۔

3.4۔ یتھ جایہِ شہُل تتھ جایہِ تاپھ (کأشرِ کہاوت)

3.5۔ بعد از ہر تاریکی روشنی است[33]۔ (دری کہاوت)

کأشرِ زبأنی ہُنٛد مطالعہِ چھُ چھیکرس یتھ نتیجس پیٹھ واتناوان زِ کہاوژن ہُنٛد اکھ جان تعداد چھُ ووپرٕ ملکو خاص کر وسطِ ایشیأیی علاقو پیٹھ درآمد سپدتھ کأشریک مستقل تہٕ اژھیوٚن حصہٕ بنیومُت۔ یتی چھےٚ یہِ کتھ تہِ بروٗنہہ کُن یوان زِ واریاہ ریختہٕ کہاوٕژ تہِ چھےٚ وجودس منٛز آمٕژ۔

---

31.www.paklinks.com>....>unplugged>allviews.

32۔ کلیات وہاب کھار 1999، سرینگر، ص 343

33–Mumbers.Multimania.com.uk/khoresan/dariproverbs_pdf.

# تلمیح

تلمیح چھِ کلامس منز کُنہِ خاص حِصس کُن اشارٕ کرنس ونان۔[1] تلمیح
چھُ عربی لمح منزٕ دژامُت ۔ یمیُک معنہِ ئلوٕ ٹارُو چھن چھُ۔[2] بقول ابرامز تلمیح
گوٗدٕ کانٛسہِ شخصس، کُنہِ جایہِ یا واقعس کُن مختصر اشارٕ کرُن۔ یٖلہِ زن اے
ایف سُکارٹ بالا فطری کردارن، اساطیرن، توٲرٟخی تہٕ نیم توٲرٟخی
واقعن کُن اشارٕ کرنس تلمیح ناو چھُ دِوان۔ غلام نبی آتش صاب چھِ محمود
نیازی سٕنزِ کتابہِ ''تلمیحاتُک'' حوالہٕ دِوان لیکھان:

''انسانہٕ سٕندِس ساسہٕ بدٕن وٕرین ہٕندِس زیٹھِ زآٹھس
سفرس دوران یِم سمأجی، معأشی تہٕ تمدنی بدلیہِ نَنہِ دژایہِ،
تِمن سٟتۍ چھِ أنتہٕ روٗسی قصہٕ تولق تھاوان۔ انسانہٕ سٕندِس
توٲرٟخس، مشغلن، رسمن رواجن، وہمن عقیدن تہٕ جنگن
جگرٕن سٟتۍ چھےٚ ساسہٕ بَزٕ ڈٟلیہٕ وابستہٕ۔ یِمن قصن، دلیلن تہٕ
واقعن کُن یِم لفظ، کہاوژ، ضرب المثلہٕ تہٕ محاورٕ اشارٕ چھِ
کران، تِمن چھِ ونان ادبی اصطلاحن منز تلمیح۔[3]''

---

1۔ مولوی فیروز الدین، 1988ء، فیروز اللغات، دہلی، ص، 212۔
2۔ محی الدین حاجنی، 1961ء، کأشرٕ نثرٕچ کتاب، دہلی، ص 47۔
3۔ غلام نبی آتش، موہن لال آش، 1985ء، کأشری تلمیح، کلچرل اکیڈمی، سرینگر، ص، 8-7

مذکورٕ بالا سطرن منٛز یوسہٕ وکھنَے تلمیح خاطرٕ کرنہٕ چھےٚ آمٕژ ۔ تقریباً یوہے معنہٕ مفہوم چھُ کہاوژ باپتھ تہٕ مشخص کرنہٕ آمُت ۔ اَتھ صورتس منٛز چھُ یہ سوال پأدٕ گژھن قدرتی کتھاہ زِتیلہٕ کیاہ چھےٚ کہاوژ تہٕ تلمیحس درمیان فرق ۔ بزرگو زِ اَتھ متعلق چھُ سُکالرو، واریاہ بحث کوٚرمُت ۔ ییٚمیُک نچوٚڑ یتھٕ پأٹھۍ چھُ:

''کہاوژ تہٕ تلمیح منٛز چھےٚ اکھ بارٕ فرق یہٕ زِ تلمیحس منٛز چھُ سرن وأرِ سُند ناو تہٕ سُندِس کارنامس سٟتۍ برابر چلہٕ وُن روزان تہٕ کہاوژ خاطرٕ چھُنہٕ تہٕ ضروری ۔ کہاوت چھےٚ اکہِ زیٹھہِ تجربُک ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ نتیجہٕ تہٕ تلمیح تہِ چھےٚ کُنہِ گذریمتِس واقعہس کُن ژھوٚٹۍ پأٹھۍ اکھ اشارٕ ۔''[4]

سُہ واقعہٕ ، تجربہ تہٕ مُشاہدٕ تہِ چھُ تلمیح کِس دأیرِس منٛز یوان یتھ محلہٕ ، گام ، علاقہٕ ، شخص یا طبقُک ناو سٟتۍ آسہِ ۔ گوکہِ یتھ واقعس سٟتۍ شخص سُند ناو آسِہٕ تتھ ہیکو نہٕ تلمیح وٕنتھ ۔ تلمیحات چھِ کُنہِ تہٕ زبأنۍ پاپرجا، میٹھ تہٕ جہٕرِل بناونس منٛز نمایاں رول ادا کران ۔ یتھ زبأنۍ منٛز کہاوژ تہٕ تلمیح آسن نہٕ ، تمِچ مثال چھےٚ اکہِ سکیب لدٕ کلچ ہِش ۔ یوٚ تام کأشرِ زبأنۍ ہُند تعلق چھُ ، تلمیحاتن منٛز چھےٚ یہ سٟٹھاہ بختاور ۔ یہ چھُ اَمہِ چہٕ بختاوری ہُنٛدُ ے اعجاز زِ اَتھ منٛز چھِ اُٹھِ قسمکۍ تلمیح درٕ ییٹھۍ گژھان ۔

---

4۔ غلام نبی آتش، موہن لال آش، 1985ء کأشرۍ تلمیح کلچرل اکیڈیمی سرینگر ص 8

1۔ باناوِ تلمیح۔

2۔ بےناوِ تلمیح۔

3۔ توآریخی تلمیح۔

4۔ بزرگن ہندی۔

5۔ پرٛملکو پیٛٹھ آمژ تلمیح۔

6۔ کہاوژتہٕ ضرب المثلن ہندی تلمیح۔

7۔ حیوانن ستۍ تعلق تھاون وٲلۍ تلمیح۔

8۔ حال حالکۍ تلمیح[5]۔

یمو تلمیحو منٛز چھُ یتھ اَکھ قسم زیرِ بحث۔ سُہ گو پرٛملکو پیٛٹھ آمژ تلمیح۔ اَمہِ قسمکۍ تلمیح چھِ وقتن فوقتن اکہِ جایہِ یا اکہِ مُلکہٕ پیٛٹھ بیٛیس مُلکس کُن سفر کران۔ یتھ منٛز قومی، سماجی، لسانی تہٕ ادبی رشتہٕ بنیادی رول ادا چھِ کران۔ کأشرِ زبانِ منٛز چھِ تِتھۍ وارِیاہ تلمیح موجود یِم پرٛملکو پیٛٹھ آمژ چھِ۔ مثلن حاتم طے، عزیزِ مصر، حُسنہِ یوسف، کوہٕ قاف بیترِ۔ یتھ چھیٛیہ یہِ کتھ ضرۆری دٲپراوٕنۍ زِ یِردی تلمیحو منٛز ییٚن صرف تمے یوت تلمیح وبژھناونہٕ یِہُنٛد تعلق وسطِ ایشیأیی مُلکن ستۍ آسہِ۔

<u>کأشرِ زبانِ منٛز وسطِ ایشیاہکۍ تلمیح</u>

---

5۔ غلام نبی آتش، موہن لال آش، 1985ء کأشرۍ تلمیح، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر، ص، 19-10

یم تہِ تلمیح چاہے سرِ ثوٗبوٗتی یا ریختہِ صورتس منز وسطِ ایشیاء پیٹھٕ منتقل گژھتھ کأشرِ زبأنی منز جاے شیرنس منز کامیاب گٔمتۍ چھِ تمن منز چھِ یم کینہہ اہم تلمیح تہِ شأمل:

1۔ اوٗخن زردی۔

2۔ الف لأل وٕنۍ۔

3۔ آب حیاتُک سگ۔

4۔ افراسیابی وٕنۍ۔

5۔ رٔستمنۍ داب وٕنۍ۔

6۔ عظیم خانٕنۍ چیٚڑ۔

7۔ فرہاد بڈٕ۔

8۔ مُغل ڈٕپتھ فارسی پھوٗرن۔

9۔ ٹلہٕ بیگ۔

10۔ قزاخ تیرٕ ہش۔

11۔ چراغ بیگ۔

1. یُو تام ''اوٗخن زردی'' ناوٕ کہِ تلمیحُک تعلق چھُ، اَمیُک آگر چھُ شاید مولانا جلال الدین روٗمی سٕنزِ مثنوی ہُنٛد اکھ عنوان ''حکایت مُعلمِ کودکان'' 6۔ یتھ منز مولانا سٕندِ وننہٕ مطاٗبق اکھ اوٗخن صاٗباہ پرٕتھ وِزِ ژاٹہٕ ہالس منز بچن

6۔ مذکور، ص، 97۔

پرناونہٕ باپتھ حاضراوس روزان۔ بچن اوس نہٕ اِنٛہہ تہٕ دِوان کرنہٕ۔ ہرِ وِزِ اوسُکھ سبق بوٗزِتھ ہوان۔ اوخن صابن یہِ ؤطیرٕ آونہٕ بچن پسند۔ زبردست تنگ یِتھ سوچ تمو اکھ ترکیب زِ پگاہ اَژو اکہِ اکہِ اوخن صابس نِش۔ مشورٕ سپدٕ یِ زِ سلاماہ کرِتھ ونہِ پرٛتھ کانٛہہ بچہِ پننہِ پننہِ وارِ پتھ "اوخن صاب خارٕ ے چھُیہِ حض۔ بتھِس حض چھیوٕ زردی پھیرمژ۔ مولانا چھِ لیکھان:

| | |
|---|---|
| خیر باشد رنگ رویت زرد فام | اودر آمد گفت اُستاد را سلام |
| اند کے آں وہم افزوں شُد بریں | اندر آمد دیگرے گُفت اینچنین |
| آنچناں کردش زِ وہم منُہک | گُفتن ہریک خداوند و ملک |
| ماند اندر حال خود بس در شگفت[7] | ہم چنیں تا وہمِ اُوقوت گرفت |

اوخن صابس یِیلہِ تمام شریو اکے کتھ ؤنی تمٕی کوٚرژلنہٕ ہال بند تہٕ گرِ ہیوٚتُن بستر۔ اَو اَشناو، حق ہمسایہ تہٕ بچن ہنٛدی والدین آے اوخن صابس خبرِ۔ وونی بیوٚٹھ اوخن صابن پورٕ پاٚٹھی زِ شوٚنھ چھُ سخ بیمار۔ اوخن صابن کڈ اَکھ ژکھریہِ خطاہ کھالِتھ پننہِ گرِ واجنہِ زِ بچن آوتسُند دودلبنہٕ مگر گر واجنہِ نہٕ کینٛہہ۔ اِو سببہِ گیہِ باژن دون درمیان زبردست مژکری پاٚدٕ۔ کتھ واٗژ جدائی پتھ۔ اوخن صابنس اتھ ؤطیرس متعلق چھِ تلمیح شناس لیکھان:

"......کژاہ بے وفا تہٕ نمک حرام چھِ شوٚنھ ہنٛز آشنی یِیمہِ

---

7۔ مولانا جلال الدین رومی، 1976ء، مثنوی مولوی معنوی، مترجم، مولان قاضی سجاد حسین، دفتر سوم، دہلی، ص، 157-155۔

نہ از تام یہ ژھینہٕ دَن دِژ۔ أمِ بے ہوٚدٕ خیالن تھووُنہٕ سُہ پننین جامن منٛز تہٕ دیتُن آشنہِ طلاق۔ آشنہِ کریوس کیاہ زِ ژٕ چھُکھ وارِ کارٕ۔ مگر مولوی صأبن ہیٚژ نہٕ عقلہِ کأم، یوٚ تام أتھی وہمس منٛز امانت تہِ دیتُن 8۔

از تہِ ییلہِ کانٛہہ نفر وہمس منٛز مُبتلا آسہِ گوٚمُت تہٕ یوٚہے بنہِ أمی سٕنٛدِ مرنُک بأعث یا کانٛہہ نقصان واتیس۔ اَمہِ وِزِ چھُ وَننہِ یِوان۔ أمِس ہَسا گیہِ اوٚخن زردی یا أمِس ہسا گرٕ کھ اوٚخن زردی۔

2. ووٚنی کرو ''الف لأل وٕنۍ'' تلمیح کتھ۔ شاید ے آسہِ دُنیاہس منٛز سُہ کانٛہہ علاقہٕ ییٚتہٕ نہٕ ألف لألہِ ہٕنٛزٕ ڈلیلہٕ زبان زَدِ عام آسَن۔ ساسن ڈلیلن ہٕنٛدِ اَمہِ مجموعُک آگر چھُ عربی زبان۔ دنیاچن بیشتر قومی زبانن منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ سپُد مُت۔ اَمِچہِ ڈلیلہٕ چھےٚ ہتہٕ بدبن ڈراماہن تہٕ فلمن خأطرٕ استمال آمٕژ کرنہٕ۔ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھُ پروفیسر محی الدین حاجنین اَمہِ چَن کینژَن ڈلیلن ترجمہٕ کوٚرمُت۔ ڈلیلہِ ہٕنٛز طوالت نظرِ تَل تھأوِتھ چھُ کأشریو أتھ تلمیحک روٗپ دیتھمُت۔ یوٚسہ تمہِ ساتہٕ ورتاونہٕ چھےٚ یِوان ییلہِ کانٛہہ نفر کُنہِ واقعس زِٹھر أوِتھ پیش کرِ تہٕ بوزن وول چھُ تنگ یِتھ ونان۔

1۔ تھاوسہ ووٚنی ألف لأل وِنۍ۔

2۔ لأجِتھم سہ الف لأل وٕنۍ۔

---

8۔ غلام نبی آتش، موہن لال آش، ص، 85۔

3. ژھۆڈۍ پأٹھۍ وَن، وَنِن کیاہ چھُے۔ الف لأل بوزنس کس چھےٚ فرصت۔ یہِ تلمیح چھُ کأشرِ شأعری منز تہٕ پٔننہٕ جاے شیراونس منز کامیاب گۆمُت:

پأنۍ پانس مےٚ گیم زامنہِ زامن ہٕندر پوس
پأنۍ پانس مےٚ ألف لأل ونان راتھ گیم (امین کامل)



کر کھۂ کتھن ظُلمنۍ گرٚبند ژٕ آفاق
چھُ شاہنامہ نتہٕ الف لأل غُلامی (آفاق عزیز)

## 3. آبِ حیاتُک سگ

آب حیات چھُ دون لفظن ہُند مجموعہ۔ سگ رلنہٕ ستۍ چھُ یہِ فارسی کأشُر ریختہٕ بنیومُت۔ لُکہِ عقیدِ موجوٗب چھنہٕ تمہٕ زوذأژ سران یمو آبِ حیات چیومُت آسہِ یا چیٚن۔ عقیدچہِ بُنیأز پیٹھ چھُ وننہٕ یوان زِ حضرت خضرن چھُ آب حیات چیوٚمُت۔ییمہِ کنہ سُہ زندے چھُ تہٕ وَتہِ رأوِمتین چھُ سُہ از تام رہبری کران آمُت۔ اکہِ ریوایتہٕ مُطأبق ییلہِ حضرت سلیمانس خأطرِ أکی کاون تونتہِ منز آب حیات اوٗن، سُہ بیوٚٹھ أکِس یارِ کُلِس پیٹھ۔ تَس پییہِ تونتہِ منزِ کینٛہہ قطرِ ؤسی یم یارِ مولن تام وأتی۔ اکھتے آسہِ امہِ وزِ یار کُلِس تل رسہِ یموتہٕ چیوٚو۔ اوٚے تہٕ چھُےٚ عام کتھ زِ یأر

چھےٚ ہمیشہِ سبز روزان۔ کاوچھُ تونتھ دودرنس تام زِندٕ آسان تہٕ رینہِ چھےٚ تیزٕ وأنس زِتس چھےٚ أخرس پکھٕ یوان۔

یہ تلمیح چھُ کأشرِ زبأنی منز دعا کرنہٕ وِزِ ورتاوس منز روزان۔ بروٚنہہ کالہِ آبسہٕ بجہِ ماجہِ صُبحے یارٕ بلن پیٹھ بُتھ چھلنہٕ وِزِ پننین اولادن، زُرین، کوٚ پوتین کیٛو سوٚ پوتین خأطرٕ یہ دُعا منگان:

میأنہِ خدایہ میأنین شُربن بأژن، حقن ہمساین، اوٗن أشناوٕن دِتہٕ آبِ حیاتُک سگ۔ زنانہٕ چھےٚ اتھ تلمیحس کأنسہِ روخصت کرنہٕ وِزِ یتھٕ پأٹھی ورتاوان:

1. گوٚڈٕ ژے آبِ حیاتُک سگ۔

2. گوٚڈٕ ژے میأنین شُربن مُربن سان آبِ حیاتُک سگ۔

اَمہِ تلمیحکی موٗل چھِ گوڈٕ فردوسی سٔندِس شاہنامَس تہٕ پتہٕ نظامی گنجوی سٔندِس سکندرنامَس منز درٕیٹھی گژھان۔ بقول فردوسی ییلہِ سکندرِ اعظم ابدی زندگی پراونہٕ باپتھ أکِس بُڈٕ سٕنزِ زیوٚ آبِ حیاتکی تعریف بوزان چھُ۔ سُہ چھُ فورن تمہِ رِکس تلاشس منز تمام فوجِ ہیتھ روانہ سپدان۔ شاہنامُک کأشُر ترجمہ کارو ہاب پرے حاجنی چھُ اَمہِ حوالہ لیکھان:

| | |
|---|---|
| بُڈاہ اکھ شہِن اوٚن پانس نشے | ز پیری تمِس بُمہٕ شینس ہشے |
| پرٛژھُن تَس وُچھتھ کیاہ بدنیادوں | ز بہر خداوند بے چند و چوں |
| دوٚپس تمی وُچھُم گردِشے آفتاب | بدریا گژھان غیب چھےٚ زیرِ آب |

بے کۄر بُڈن پادشاہس بیان چھُ نزدیک اکھ ناگہٕ چشمہٕ عیان

چھُ تَتھ جایہِ مشہور ظلمات نام تتھ اندر چھُ آب حیاتک مقام

سُہ ظُلمات چھُے اندرین کوہسار چھِ یِوٚ دوَے شہن زندگی بکار

طلب کرازان چشمہ یک جام آب گژھکھ پس بُعمرِ ابد کامیاب

شہس گو ز گُفتار غالب طمع بعمرِ ابد کرِ بہ خاطرِ جمع

کوٚرُن پانہٕ سامانہٕ تٔمی دوہ تہٕ رات سُہ بیتاب از بہر آب حیات

کوڑن ڈیرٕ گو تیز سوئے شُمال ہیوٚتن واریاہ فوج اسباب مال[9]

شاہنامہ مطأبق چھیٚہ سکندرس آبِ حیات ژھاران ژھاران وتھے راوان تہٕ سُہ چھُ بدل کتھ تام شہرس لگِتھ آب حیات چیٚنہِ نِشہِ محروم سپدان۔ ترجمہٕ کار چھُ لیکھان:

سپاہ ہیتھ پکان روز وشب دون دوہن بروزِ سیوم وُ چھ دوراہاہ شہن

ز تقدیرٕ گو فوج ہیتھ غیرِ راہ زِ آب بقا دوٗر لوٚگ پادشاہ[10]

یہ تلمیح چھُ کاشرِ شاعری منزٕ پنٕنی جاے بناونس منز کامیاب گوٚمُت۔ مثلن

سلطان سکندر ظلماتس اندر چھُے وُچھان لعل گوہر

تیٚمی آب حیات نوش کوٚر موختصر حیات عین از کار[11]



---

9۔وہاب پرے حاجنی 1977ء شاہنامہ کشمیری، جلد ہفتم، سرینگر، ص، 379۔

10۔مذکورہ، ص، 38۔

11۔کلیات احمد بٹوأری، 1999ء، سرینگر، ص 61۔

زہرے ہلال ستۍ ژیے پیالہ بوٗرت میٚہ کوٚر قبول

آبِ حیات زون میٚہ چیوم توٚے اَسان اَسان (شاہد بڈگامی)

تتھے پاٹھی چھُ بیا کھ ریختہٕ تلمیح:

4. افراسیابی وٕنۍ

یَیمیُک آگُر فردوسی سُنٛد شاہنامہ چھُ۔ افراسیاب چھُ فوجک سپاہ سالار آسان تہٕ پتہٕ بنیو تورانک بادشاہ تہِ۔ یہ روٗد ہمیشہِ ایرانکس بادشاہس ستۍ جنگس منز آوٗرتہٕ اصل مقابلہٕ اوس افراسیاب تہٕ رُستمس درمیان آسان۔ اول الذکر اوس اکثر جنگس منز ہاران۔ تس اوس زبردست آرِ غور زِ سُہ دِیہِ رُستمس دوران جنگ شکس۔ مگر تس دراونہٕ زِ ہنے تہِ یہ ارمان۔ شکست کھینہٕ پتہٕ اوس سُہ ہمیشہِ ناجنگ معاہدٕ کران مگر سُہ روٗدنہٕ زانٛہہ تہِ پننہِ قول و قرارُک پابند۔ سُہ اوس شامنٛ جنگ نہ کرنک معاہد کران۔ تہٕ خفتن وِزِ اوس اَچھ خلاف ورزی کران۔ بار بار وعدٕ خلاٰفی تہٕ بے ایمانی بنے یہِ افراسیاٮ۪ٕنۍ پہچھان۔ یتھ پتہٕ تلمیح بنیو۔ یہِ تلمیح چھُ تمہِ ساتہٕ ورتاونہٕ یوان ییلہٕ کانٛہہ نفرحدٕ روٗس اپُزٕ وَنہِ تہٕ وعدٕ خلاٰفی کرِ یا دِس دارزِ منز کالہٕ پگاہ کرِ۔ اَتھ تلمیحس چھِ بیٚیہ تہِ کینٛہہ روٗپ یِم دوہ دِینٛچہِ زبانٕی منز استمال سپدان چھِ:

1۔ مہ وَن افراسیابی۔

2۔ تھاوِ وِنۍ افراسیابی وٕنۍ۔

3۔ یہ گیہِ افراسیابی۔

4۔ سہ چھُ افراسیابی ونان۔

اکھُتے چھِ کینہہ لۆکھ افراسیاہی تہِ درتاوان۔

بیا کھ تلمیح چھُ:

5۔ رُستمنز داب وٕنز

رُستم چھُ شاہنامُک سارے کھوتہ طاقتور تہٕ باروب جنگی کردار۔ سہ اوس ایرانک تھسکبن لایق سپاہ سالار تیمٕ سأری سے عالمس اہرٕ بیہنو وُمت اوس۔ واچھا چھُ لیکھان:

"Rustam's position is supreme and unchallenged in the chivalry of ancient Iran. Firdousi has not only made him a great warrior, matchless in strength and courage, but has endowed him with all noble and kinghtly qualities. 12

رُستمنِہ ہأبتہٕ اُسی ایرانکس گردونواحس منز تمام لوٕ کٕ کٕیو بڈٕی راجواڑ ایرانس کُن باج تاران۔ جنگ کوہزاد، جنگ افراسیاب، جنگ اسفندیار، جنگ مازندران تہٕ یتھی ہی درجن واد اہم جنگ چھِ رُستمنز یادگار۔ یہنزِ بہدوری مُتعلق چھُ فردوسی لیکھان:

12.P.B.Vachha, 1950, Firdousi and the Shahnama, Bombay P. 145

زہرے ہلال ستی ژیتے پیالہ بوٚرت میٚہ کوٚرقبول

آبِ حیات زون میٚہ چیوم توٚے اَسان اَسان (شاہد بڈگامی)

تِتھے پاٹھی چھُ بیاکھ ریختہٕ تلمیح:

4. افراسیابی وٕنیٚ

یٚیمیُک آگُر فردوسی سُند شاہنامہ چھُ ۔ افراسیاب چھُ فوجک سپاہ سالار آسان تہٕ پتہٕ بنیو تورانک بادشاہ تہِ۔ یہ روٗد ہمیشہِ ایرانکس بادشاہس ستی جنگس منز آوٚرتہٕ اصل مقابلہٕ اوس افراسیاب تہٕ رُستمس درمیان آسان۔ اول الذکر اوس اکثر جنگس منز ہاران۔ تس اوس زبردست آرِ غور زِ سُہ دِیہ رُستمس دوران جنگ شکس ۔ مگر تس دراوٕ نہٕ زہنے تہِ یہ ارمان۔ شکست کھنہٕ پتہٕ اوس سُہ ہمیشہِ ناجنگ معاہدٕ کران مگر سُہ روٗدنہٕ زانہہ تہِ پننہِ قول وقرارُک پابند۔ سُہ اوس شامُن جنگ نہ کرنُک معاہدٕ کران۔ تہٕ خفتن وِزِ اوس اَمِچ خلاف ورزی کران۔ بار بار وعدٕ خلاٗفی تہٕ بےٚ ایمانی بنے یہِ افراسیابٕنۍ پہچھان۔ یتھ پتہٕ تلمیح بنیو۔ یہِ تلمیح چھُ تمہِ ساتہٕ ورتاونہٕ یوان ییٚلہٕ کانٛہہ نفر حدٕ روٚس اپُز وَنہٕ تہٕ وعدٕ خلاٗفی کرِ یا دِس دارزِ منز کالہٕ پگاہ کرِ۔ اَتھ تلمیحس چھِ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ روٗپ یِم دوہ دیٚنچہِ زباٗنۍ منز استمال سپدان چھِ:

1۔ مہ وَن افراسیابی۔

2۔ تھاودوٗنۍ افراسیابی وٕنیٚ۔

3۔ یہ گیہ افراسیابی۔

4۔ سُہ چھُ افراسیابی ونان۔

اکھتے چھِ کینٛہہ لُو کھ افراسیاہی تہٕ ورتاوان۔

بیا کھ تلمیح چھُ:

5۔ رُستمنٛز داب وٕنٛز

رُستم چھُ شاہنامُک سارے کھوتہٕ طاقتور تہٕ باروب جنگی کردار۔ سُہ اوس ایرانک تھسکبن لایق سپاہ سالار تیٚمہٕ سأری سے عالمس اہرٛ پیٚہنو وُمت اوس۔ واچھا چھُ لیکھان:

"Rustam's position is supreme and unchallenged in the chivalry of ancient Iran. Firdousi has not only made him a great warrior, matchless in strength and courage, but has endowed him with all noble and kinghtly qualities. 12

رُستمنہِ ہأبتہٕ أسی ایرانکس گرد ونواحس منٛز تمام لوٗ کھ کیٛو بڈی راجواڑ ایرانس کُن باج تاران۔ جنگ کوہزاد، جنگ افراسیاب، جنگ اسفند یار، جنگ مازندران تہٕ یتھی ہی درجن واد اہم جنگ چھِ رُستمنٛز یادگار۔ یہنٛزِ بہدوری متعلق چھُ فردوسی لیکھان:

12.P.B.Vachha, 1950, Firdousi and the Shahnama, Bombay P. 145

سواری کہ باشد بنیروی پیل زخون راند اندر زمین جوی نیل

بدرد جگر گاہ دیو سپید زِ شمشیر اوگم گند راہ شید

ہمان ماہ ہاماوران رابکشت نہارست گُفتن کس اورادرشت

بہ کین سیاوش زِ افراسیاب زخون کرد گیتی چودریای آب[13]

رُستم ناوُک یہِ جنگی کردار چھُ وہاب پرے صابِن مِن عن کأشری پأٹھی ترجمہِ کوٚرمُت ۔ییمہِ کنی اَمہِ کردارِ کی اثرات کأشرِس گلہم ادبس پیٹھ نمایاں چھِ ۔شاہنامُک کأشر ترجمہِ رأژ وادن گرگرِ پرنہِ کنی چھُ رُستم ناوِکی رزمیہ کردارن کأشر نفسیات زبردست مُتأثر کوٚرمُت ۔مثلن

ویرِ تمی سنزِ زیرِ گےٚ کم شیرِ نر پیٹھی ہأرِتھ سخت جان رستمِ جگر

☆ (عبدالاحد آزاد)

ژِ نیر پہلوان بن رُستمِ داستان بن

شیرِ نیستان بن ژھالہِ نوان نوان گوٚڈھ[14]

رُستمنی أمی غیر معمولی روب ودابن تہٕ بہدوری چھیٚہ کأشرِ زبأنی منز تلمیح شکل اختیار کرمژ ۔ییمیُک استعمال تمہِ وِزِ سپدان چھُ ییلہِ کانٛہہ نفر کانٛہہ اہم مگر مُشکِل کأم کرِتھ گژھِ محفلہِ منز کمامہ سان اَچھ وکھنے کرِ ۔کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چھُ محفلہِ منزٕ تس جواباً ونان:

---

13۔ شاہرخ مسکوب، 1348، داستان رستم واسفندیار، تہران، ص، 112

14۔ کلیات مہجور، 1983ء، سرینگر، ص، 332۔

1۔ مہ وَن رٕٹنٕز داب۔

2۔ یہ کوسہٕ رُسمتی پھٚے۔

3۔ زن پھٕ کارِ رستم کوٚرمُت۔

کاشرِ زبانہِ ہُند بیاکھ وو پرتہٕ اہم تلمیح چھُ:

## 6. <u>عظیم خانٕنز چیٹ</u>

عظیم خان اوس 1813ء پیٹھ 1819ء تام کٔشیرِ ہُند پٹھان گورنر۔ أمۍ سٕنْدِ بن آخری ایامن منز اوس کٔشیرِ ہُنْد مالِیہٕ وُٹن پنڈت بیربل در، میرزٕ پنڈت درتہٕ سوکھ رام صفایا ہس مٕتہِ۔ پٲداوار خام روزنہٕ کِنۍ ہیوٚکھ سٕہٕ بیربل درن مالِہ یک بقایات لچھ روپیہِ لوکن نِشہِ وُگراۓ دِتھ۔ عظیم خان گو بیربل درس پیٹھ نارو نار۔ درجواب وٚون درن عظیم خانس زِفصل روٚد چانوِ اعمالو خام ییمہِ کِنۍ کاشتکار قابِلِ رحم چھِ۔ گورنرس اُس بیربل درِنۍ بروٚنٹھے ژران۔ تہِ کیازِ، سُہ اوس سردار رنجیت سنگھس ستۍ کیاہ تام ژوے کران۔ بیربل ذر چھُ عظیم خانہِ ہٲبتہٕ پننۍ آشٕنۍ تہٕ نوش أکِس ہرکار واسہٕ کاکنہِ وساطتہٕ قُدی گوجوٲرِس حوالہٕ کران تہٕ پانہٕ پٔنن نیچوٚ ہتھ رنجیت سنگھنس دربارس منز واتان۔ عظیم خان چھُ ہرکارس تنبیہہ کران ونان زِیوٚ تام نہٕ سُہ بیربل درِنۍ نوش تہٕ آشٕنۍ ہُنْد پے وَنہِ توٚ تام چھُ تَس پرِ بتھ دوہ اکھ ساس روپیہِ جرمانہٕ برُن۔ چنانچہِ چھُ سُہ نون دوہن نوساس جُرمانہٕ ادا کٔرِتھ آخر درٕ سنزِ آشنہِ ہُنْد پتہ دِوان۔ نون دوہن پتہٕ اَتھ

ہنگہٕ منگہٕ جُر مانس پیٚو کاشرِ زبانی منز "عظیم خانٕہ چیٚڑ" ناوٚتیمی زمانہٕ گذرنس ستی ستی تلمیح شکل اختیار کر۔

کاشرِ فوک لورک بیاکھ ریختہٕ چھُ:

7. فرہادٕ بڈٕ

ییٚلہِ ایرانکس بادشاہ خسروس یقین آو زِ شیرین حاصل کرنس منز چھُ فرہاد سارے کھوتہٕ بڈ رُکاوٹھ۔ اَمہِ رکاوٹُک تدورُک کرنہٕ باپتھ آیہِ اکھ بڈ ناد دِتھ انٕنہٕ۔ یوسہٕ مکار، فندباز، بے عارتہٕ طمأے اُس۔ لالچہِ منز یتھ لوگ بجہِ یُتھ سانگ زِ سو دزایہ اُتی پیٹھ ویداخ دِوان۔ یتھے بڈ تتھ پہاڑس نزدیک وأ ژیٚتہِ فرہاد کوہ کھننس منز مصروف اوس۔ تمہِ تراو بڈِ بڈِ باکھ یمٚیک اظہار یمن شعرن منز کرنہٕ چھُ آمُت:

وَلو فرہاد بیچارو خبروز
موٚی معشوق شیرین توٚت گژھتھ روز[15]
دوٚپُن ہے ہے یہِ کیاہ سن چھُس بہٕ بوزن
رفیقاہ چھُمنہٕ کانژھاہ توٚت سُہ سوزن
پوٚرُن اللہ تلن لوٚین کلس ٹونگ
وَلو پانو ژٕ وونی شیرینہِ نِش شونگ[16]

---

15۔ بہٕ چھُس پننہٕ لوکچار پیٹھٕ "توٚت گوھتھ روز" بدلہٕ "چھُس تژیم روز" بوزان آمُت۔
16۔ کُلیاتِ محمود گامی، 1977ء ناجی منور (ترتیب کار)، سرینگر، ص 208۔

اَمہِ حاَدثچ ذِکر چھِیہٕ وہاب صاَبِ کھارن یتھٕ پاٹھۍ کرمژ۔

فرہاد کوہ کھنان کوہس آب انان
تامت گیس کنہٕ وان شیرین ہا مویے لو
فرہاد پھوٚر پانس کرٚبکھ گیہِ پٔرستانس
پیٹھ پیٚو کوہستانس خون ووتھساہ کولے لو[17]

یو ہے شاعر چھُ بیٚیس جایہِ لیکھان:

شرین ژھارِ وَلو  تالہِ ٹوٚنگ لوے فرہادن[18]

کٔشیرِ منز ییٚلہِ تہٕ کانٛہہ بڈٕ پنہٕ مکاٗری یا چالاٗکی ستی کانٛسہِ نفرس کانٛہہ کاٗم مانٛزراوِ، کُنہِ کامہِ پیٹھ آمادٕ کرِ، کُنہِ کتھِ پیٹھ یقین کرناوِ یا کُنہِ قسمُک فِتنہٕ تُلہِ، تس چھِ فرہاد بُڈ ونان۔

اَمہِ تلمیحُک تجزیہِ کرنہٕ ستی چھُ پے لگان زِ فارسی زبانٕی منز لیکھنہٕ آمژ لولہٕ مثنوی شیرین خسرو چھُ اَمیُک آگُر یتھ 1791ء منز کاشرِ زبانٕی ہندی بہلہِ پایہِ شاعر محمود گاٗمی صابن ترجمہٕ چھُ کوٚرمُت۔

فرہاد بُڈ ناوِ کِس تلمیحس پتہٕ کنہِ یُس تواریخی تہٕ انسانٕی آشوب ژھپتھ چھُ، تمیُک صداے بازگشت چھُ تخلیقی ادبس لرِ لوٚر کاشرِس فوک ادبس منز تہٕ نظرِ گژھان۔ مثلن

17۔ کلیات وہاب کھار، 1999ء، سرینگر، ص، 157۔

18۔ مذکورہ، ص، 92۔

فرہاد چھُس بہ پڑاران — شیرین چھُسن ژھاران
ٹونگ دِتھ ژوٚلمے لو — یار ہے ژوٚلمے لو[19]

## 8. مُغل ڈیشتھ فارسی پھوٗرن

تلمیحس منز لفظ مغل موجود آسنہٕ تلہٕ چھُ فکرِ تران زِ یہ گژھِ مغل دورُک پیٚداوار آسُن۔ مغل اٚسی بُنیادی اُزبکستانکہِ اندی جان علاقکی روزن وٲلی۔ یہُند اکھ قبیلہٕ دار ظہیر الدین بابر چھُ 1526ء منز حملہٕ آور سپدِتھ ہندوستانس پیٹھ قبضہٕ کران[20]۔ اَمہِ پتہٕ کینژِ کالی چھُ اَمی خاندانُک بادشاہ اکبر 1586ء منز کشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرِتھ اتھ براہِ راست مغل راجس تحت انان۔ مغل اٚسی فارسی زبانٕی ہندی دِلدادٕ۔ اتھ پیٹھ اوس تمن زبردست دسترس بلکہِ نازتہِ۔

مغل ڈیشتھ فارسی پھوٗرن[21] ناوُک تلمیح چھُ شاید کاشرین ہندِ ذہنی کشمکشُک بے پھرٕ وک اظہار تہِ تہٕ مغل پیٹھوُلی خلاف احتجاج تہِ۔ یہ تلمیح چھُ تمہِ ساتہٕ ورتاونہٕ یوان ییلہِ کانْہہ نفر کانْسہِ ہنزِ غیر حاضری منز تسنز مخالفت کران آسہِ۔

---

19۔ کاشرِ لکہٕ باتھ، 1975ء، شیام لال پردیسی، سومناتھ سادھو (ترتیب کار)، جلد، 7، سرینگر، ص، 121۔

20۔ ال۔ ایف۔ رش، بروک ولیمز، 1989ء، سولہویں صدی کا معمار۔ ظہیر الدین محمد بابر، مترجم۔ رفعت بلگرامی، دہلی، ص، 98-157۔

21۔ نشاط انصاری، 1989ء، کاشرِ صنائع، بارہ مولہ، ص، 83

## 9. ٹلہ بیگ

"ٹلہ بیگ" چھِ تَس شخص وَنان یُس ہنگہٕ منگہٕ لُکہٕ ہنٛدِ بن مسلن ، نیاین تہٕ تعلقاتن منٛز زنگ تراوان چھُ۔ حالانکہ تسنٛز یہ عمل چھےٚ پرٛتھ کانٛسہِ کھران مگر سُہ چھکھنہٕ توتہٕ تھپھ ٹلان۔ لُکہٕ روایت چھےٚ زِ کُستام بےٚ کار شخصاہ چھُ پٹھان دورس منٛز ٹلہ فاٗصلہٕ تہٕ کھنڈ پنچھ لاٗ گتھ لُکہٕ ہنٛدِ بن معاملن منٛز زنگ تراٗوِتھ اٗرِس کھُر انان۔ تِمس آسہِ ہاحاٗ کمن ہُنٛد پٹھ تہٕ لوٗکھ اٗسِس نہٕ بُتھِس پیٹھ کینٛہہ وٗنتھ ہیکان، یوٚتام ٹلہ بیگ ریٛثہ کڈٕہس تہٕ گوٚ وفوک ادبک اکھ کردار بٔنتھ۔ ٹلہ بیگ تلمیح چھُ کُنہٕ پنجس یا مجلسہِ منٛز تمہِ ساتہٕ ورتاونہٕ یِوان یِیلہِ کانٛہہ کتھ، مسلہٕ یا نیاے اٗنزراونس دوران کانٛہہ نفر تیُٗتھ کلام کرِ یِیمہِ سٟتی تنازعس سٟتی مُنسلک دوٚیو دریو منٛزٕ اکھ دوٚر ناراض گژھتھ راے زنی کرن واٗلِس ٹلہ بیگ وَنان چھُ ۔ یہِ چھُ میون ذاٗتی مُشاٗہد زِ دون نفرن درمیان مَسلس یا کتھِ دَل دِنہٕ پتہٕ یِیلہِ یم نفر گرٕ چھِ یِوان، یم چھِ پنٛچ اکھ اکھ کتھ باٗژن منٛز دہراوان۔ اگر مُتکلم سِنٛزٕ زیوٗ کانٛہہ ترٛثہ کتھ دژ ایہ یوسہٕ نامناسب آسہِ ، گرٕ باٗژو منٛزٕ چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ یہِ سوال کران زِ یہِ کتھ کٔمی تہٕ کیازِ کٔر۔ مُتکلم سُنٛد جواب چھُ آسان فلاٗنی۔ ناراضگی ظاٗہر کران چھُ گریک زیٹھ یا کوٗنس وَنان:

1. سُہ کُس ٹلہ بیگ اوس۔

2. سُہ گوم بیا کھ ٹلہ بیگ۔

3. سُہ بنیؤ و بیاکھ ہُلی بیگ۔

## 10. قزاق تیر

قزاق چھُ اکھ جنگجو قبیلُک ناو یُس قزاقستانس منز روزان چھُ۔ اگر چہ یہ قبیلہ گوڑ گوڑ خانہ بدوشانہ زندگی بسر کران اوس مگر وق گذرنس سۭتی سۭتی لاج یمو مُستقِل سکونت کرٕنۍ۔ خانہ بدوشی دوران اٲسۍ یم پنٕنۍ جبہ ریگستانن تہٕ بیابانن منز رَچھان۔ اتھ دوران اوس یمن دُشمن سُند سخ بیم روزان۔ پننہِ دفاع خاطرٕ اگرچہ یم باسلاح اٲسۍ آسان۔ تاہم چھِیہ یمن تیر اندازی منز زبردست مہارت اٲسمژ۔ بقول ٹینگ صاب:

"تِہندی تیر اٲسۍ خاص طور واریاہ طاقتور تہٕ بے خطاہ آسان سیٚد سیٚو دِسپہ ساپہٕ۔ توے گو "قزاق تیر" مشہور تہٕ پتہٕ بنیو یہ منز ایشیاتہٕ اَتھ سۭتی لچہِ واٹھ تھاون والین علاقن منز لکہٕ باوژ ہُند حصہٕ ہے۔"[22]

کاشری چھِ کانٛسہِ خوبصورت کورِ ہُند حُسن و جمال تہٕ سروِقدو چھِتھ ونان:

1. سو چھِیہ قزاق تیر۔
2. سو چھِیہ قزاق تیر ہِش۔
3. پہلی کوٗرے قزاق تیرے مالِنۍ چون رایہ نیرے لو۔ (مشہوٗر لکہٕ باتھ)

## 11. چراغ بیگ

چراغ بیگ ناوکہِ تلمیحُک شانِ نزول کیاہ چھُ تتھ متعلق وثوقہٕ سان

---

22۔ محمد یوسف ٹینگ، 2008ء، کاشر کتاب، دہلی، ص، 345۔

کینٛہہ وَنُن چھُ مُشکلے پٮ۪ہن۔ تاہم چھُ زبأنی رِوایژ مُطأبق چراغ بیگ افغان دورُک اکھ اعلیٰ عہدہٕ دار اوسمُت۔ ووٚنی گو یہِ چھُنہٕ معلوم زِ چراغ بیگ اوسا سول کِنہٕ فوجی افسر۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یِیلہِ سُہ کابُل پٮ۪ٹھ ورمُل ووت، اَمہِ وِزِ اوس بازرٕ منٛزی اکھ جنازٕ نیران۔ چراغ بیگن وٚون جنازٕ بن لاش پتھر تھاوٕنہٕ خأطرٕ۔ اکہِ زبأنی روایژ کِنٛی ژٹ بیگن موردس ژوپہٕ ہٮ۪تی نَس۔ بیٚا کھ خیال چھُ یہِ زِ موردس آیہِ شمشیرِ ہٮ۪تی نَس ژٹنہٕ۔ دپان اَمہِ وِزِ وٚون چراغ بیگن لوکن زِ یہِ گو موردٕ سُند حال یَس ہٮ۪تی مےٚ یہِ سلوک کوٚر تہٕ تُہی زِندٕ لُبو اَمہِ نِشہِ سبق زِ چراغ بیگ کس چھِ ونان۔ اوے تہٕ یِیلہِ کأنٛسہِ نفرس نسخ پھُٹرا اون آسہِ تمہِ ساتہٕ چھِ ونان:

1. پیوٚ یہِ چراغ بیگ۔
2. یوہے چراغ بیگ ہیوٚ چھُکھ۔

چراغ بیگ چھُ اکہِ بیمارِ ہُند ناو تہٕ یوسہٕ چاروٲین لگان چھِ۔

اَمہِ علاوٕ چھِ کأشرِس فوک لورس منٛز بیٚیہِ کینٛہہ تلمیح موجوٗد۔ یِمن وسط ایشیاہچ بوے چھےٚ یوان۔ یِم مختلف ذٔریو مختلف دورن منٛز کٔشیرِ وأتی ہٮ۪تی چھِ تہٕ یِیتہٕ کِس ثقافتس ہٮ۪تی سپدُک مےٚل۔ لأل مجنون، عزیز مصر، یوٗسفنٕ ووٕر بأے، بخت سکندری، پرٔستان، عمرِ عیار، شدادِل وَٕنی، کربلا گرٕژھن، عفریت ہیوٚ آسُن، دیوِ اڈٕ براہیترِ ہکبن اَمِچہِ بہترین مثالہٕ گنزراونہٕ ہٮ۪تھ۔



# کأشِر فوک شأعری تہٕ وسطِ ایشیاء

کأشِر زبان چھیہ فوک لورس منز ہر رنگہٕ مالا مال۔ نثر چھُ یا نظم، دلیل، تلمیح، کہاوت، مقولہٕ، پرٛیژ، لڑی شاہ، ونہٕ وُن، رٛوو، ٹینڈِ بأتھ یا بکچہِ بأتھ، یم سأری چھِ کأشرِ سماجکی اَنہٕ۔ یتھ منز ساسہٕ واد وٕری ین ہنٛدی سیأسی، سمأجی، مذہبی تہٕ اقتصأدی توارٟخکی آثار ژھرِتھ چھِ۔ کم یا زیادٕ، بیشتر پہلو چھِ فوک شأعری ہنٛدی موضوع بنیمتی۔ ڈاکٹر برج پریمی چھُ لیکھان:

"کشمیر کی لوک شاعری یہاں کی سماجی زندگی کا آئینہ ہے۔ اس میں ہم اپنے صدیوں پُرانے چہرے کو دیکھ سکتے ہیں۔ ہمارے گذرے ہوئے لمحات، ہمارا کلچر، ہماری دانش مندی، ہماری سماجی بندشیں، ہمارے مصائب اِس آئینے میں صاف طور جھلکتے ہیں.....سماجی زندگی میں انسانی قدروں، رواداری، خلوص، انسان دوستی اور ایسے ہی ارفع جذبات کی جو اہمیت ہے، اس کی تصویر کشی جس طرح ہماری لوک شاعری میں ملتی ہے۔ اس کا جواب نہیں[1]۔"

---

1۔ ڈاکٹر برج پریمی 1977ء، کشمیری لوک گیتوں کا سماجی پسِ منظر، ہمارا ادب۔ لوک ادب نمبر 76-1975ء ص، 39۔

یہِ چھُ تأریخی پزر زِ کٲشیر رۄز ہمیشہِ بیرونی حملہٕ آورن ہنٛز شِکار تہٕ تہٕ درونی سأزشن ، تنازعن کیٛو نیاین تہٕ تن دِوان یمٕکی ورگہٕ تہٕ ٹاکارٕ اثرات کأشرِ لُکہٕ شأعری پیٚٹھ پینٛز لأزمی أسی۔ یِم اثرات چھِ دأخلی تہٕ تہٕ خأرجی تہِ۔ییٚلہِ کأشرِ فوک شأعری ہُند مُطالعہٕ چھُ کرنہٕ یوان۔ وۄپر خاص کر وسطِ ایشیأیی اثرات چھِ نٔنۍ نیران۔ چمن لال چمن چھِ رقمطراز:

"......وُچھوے تہٕ یہِ کینژھاہ ازکل اَسہِ اندی پَکھی چھُ تتھ سأری ہے پیٹھ چھُ وسطِ ایشیاہُک اثر لبنہٕ یوان۔ نتہٕ چھُ پورٕ پأٹھی تورے وأتتھ پیٚوٗمُت" [2]

یِمن اثراتن ہنٛز بڈٕ خوٗبی چھےٚ یہِ زِ وسیع کھوتہٕ وسیع موضوع چھُ مختصر پأٹھی أکِس یا دون شعرن منٛز بیان آمُت کرنہٕ۔ یہِ زَن شأعری خأطرٕ ضروٗری تہِ چھُ۔ اگرچہِ لُکہٕ شأعری باپتھ یہ اصول لاگو چھُنہٕ مگر تمہِ باوجود چھےٚ کأشرِ فوک شأعری منٛز امہِ قسمچہِ خأصیژٕ نمایاں۔ مثالے۔ وسط ایشیاء تہٕ کٲشیرِ درمیان أسی قدیم زمانہٕ پیٹھے تجارتی تعلقات۔ یتھ منٛز یارقندی گُرن ہنٛدِس کارو بارس بڈٕ اہمیت أس۔ یہ گُر اوس سبٕتھاہ طاقتور، تیز رفتار بلکہِ پربتھ لحاظہٕ جان۔ تیٚژ خوٗبی یتھ مختصر لُکہٕ شعرس منٛز ژُمراونہٕ چھےٚ آمٕژ۔

سالرِ ہتھ ہودزا اکھ راژ کُمارے یارقندی گُر ہو چھے سوارے

وسط ایشیاہُک دورٕ کرن وول اکھ محقق چھُ منٛزم ایشیاہٕ کٲشیرِ ہنٛدِ بن

---

2۔ چمن لال چمن 1981ء، گوڈٕ کتھ، سون ادب، سرینگر، ص،6۔

فوک رشتن یتھ پأٹھی بیان کران:

یہ تاجک ، اُز بکی تہذیب پیٹھ
سو کرِ غیز کأشرِس ہش شکلٕ صورت
گھِ پیو و یاد موٗت مستانہٕ آزاد
پکان گوس مٔنزی راونی لُکھ لکٕے أس
تِموٗ أسی بأتھ گیوٗ مٔتی پأنٔ پانے

چھُ کوٗرمُت کأشرِ بو پانس اندر ضم
چھُ وقتُک یتھ سٔنٔن کأژاہ ضروٗرتھ
گھِ عینی دِوان میانِن دوٗکھن داد
زَن وبچہٕ مرد سأری موے چھوان أسی
تِمن منٛز سانہِ لُکہٕ ادبکی نشانے[3]

روٗ أسی تن یا نیٛنٛدٕ بأتھ ، منزلی بأتھ آسہِ یا بکچہٕ بأتھ یِمن سارِنٕے شعرٕ ذأژن پیٹھ چھُ وسطِ ایشیا ہٕک ٹاکارٕ اثر۔ تاہم چھُ کأشُر ونہٕ وُن واحد تہٕ اہم شعرٕ سرمایہ یتھ پیٹھ وسطِ ایشیاہچ سارے کھوتہٕ زیادٕ چھاپ چھےٚ۔

## وَنہٕ وُن

کھاندرس یا بیئہ کُنہِ شادِ پیٹھ استعمال سپدن وألِس گیونس چھِ ونہٕ وُن ونان یُس دُمصرعی آسان چھُ۔ ونہٕ وَنِکس مصرعس چھِ ہُر ونان۔ ونہٕ وُن خأطرٕ چھِ زنانن ہنٛدی زٕ ڈٔری آسان۔ اکہِ دَرِچ اکھ زنانہٕ چھےٚ وَنہٕ ونُک ووج مِصر شروع کران تہٕ دوٗیمہِ درچہِ زنانہٕ چھِیہ یوٗہے ووج واپس ونان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ گوڈنیُک دوٗرمصرعکی بند وَنٔنی ہوان تہٕ یتھٕ کٔنی چھِیہ وَنہٕ وَنٕچ وکھنے بروٗنہہ پکان۔ ونہٕ وُن چھُ بہتھ تہٕ ونہٕ یوان تہٕ وودنہِ تہِ۔

3۔ شیام لال پردیسی ، 1987ء ، آموٗدری یاتہٕ ونیتسا ، انت ناگ ، ص ، 7-6

اگر مہرنہِ آسہِ مَس ترٛاوُن یا آب شیرُن، تیلہِ چھُ وَنہٕ وُن بہتھ یوان ونہٕ۔ ہرگاہ مہرنہِ وأرِو یا مہرازس ہوٚوُر نیرُن آسہِ تیلہِ چھُ ونہٕ وُن تھوٚد وٕتتھ ونہٕ یوان۔

وَنہٕ وُن چھُ فوک شأعری ہنٛز اکھ ترٛتھ صِنف یتھ منٛز زیادٕ تر جذباتن وکھنے چھیٚہ سپدان۔ بلکہِ چھُ پزر یہِ زِ اتھ منٛز چھیٚہ واریاہ کینٛہہ ونٕنچ گُنجأیش تہِ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ وَنہٕ وُن چھُ وقتکہِ ماحولہِ مُناسبتہٕ وجود پرٛاوان۔ بلکہِ:

''یہ شادی بیاہ میں آنے والے سبھی مرحلوں کا احاطہ کر کے
اپنی اہمیت منواتا ہے''[4]

وَنہٕ وُن کینٛہن شعرن منٛز چھِ مختلف دورن ہنٛدی اثرات نٔنۍ۔ یتھ منٛز وسطِ ایشیأیی عنصر قابلِ ذکر چھُ۔ مثلن

سونہٕ سنٛزِ سدرے روپیہِ سترٕ کرٛتھٕ وَچہِ
ژٕ چھُکھ مغل بچہِ کونہٕ ونہٕ ووے[5]

یہِ ہُر چھُ مہرازس ہوٚوُر رواتنہٕ وِزِ ونہٕ یوان۔ باسان چھُ یہِ وَنہٕ وُن ہُر چھُ مغل دورس منٛز بارسس آمُت یا مانو زِ اتھ منٛز چھیٚہ مغل دورٕچ صدائے بازگشت۔ ونہٕ وَنس منٛز چھےٚ عام پأٹھی مُبالغہ آمیزی آسان۔

---

4۔ علی محمد لون، کشمیری لوک شاعری، ہمارا ادب۔ لوک ادب نمبر 76-1975ء، سرینگر، ص، 34۔

5۔ کأشرٕ لکہٕ باتھ، 1989ء، ترتیب کار۔ غلام نبی آتش جلد 9، سرینگر، ص، 156۔

یہ گوڈھیکھے نِ ہوور واتنس پیٹھ چھِیہ وَنہٕ ون واجنہِ مہرازس ونہٕ وَنس منز تھر کھائِلتھ تس مغلن ہٕنٛدِ اولاد قرار دِوان مگر وَنہٕ وُن ہُریک دوٚیم بند چھُ انتہائی مبالغہ۔ تِتھے پاٹھی وُچھی تویم شعر تہٕ یمن منز براہِ راست مغل محلہٕ خانٛچ چھاپ چھےٚ۔

تلے کیاہ کوٚرنے گُلہِ میوٚٹھ کرانی      کوٚرسانٛی سونہٕ مغلانی یے [6]



نشانہِ سوٚتھ ووت سانہِ مغلانے      سوز مُت جانے عزیزن [7]

اَمہِ قسمہٕ کِنِن شعرن ہُنٛد ورتاو چھُ تمہِ ساتہٕ سپدان ییٚلہِ مہریٚنٛز پأراوِتھ آسہِ تہٕ انگ اشناو تہٕ وبسہٕ بیترِ آسن مہرنہِ گُلہِ میوٚٹھ کران۔ مغل اثراتن پیٹھ مبنی بیا کھاکھ ونہٕ وَن ہُر چھُ تمہِ ساتہٕ ونہٕ وَنہٕ یِوان ییٚلہِ یژمن بابے دپنہِ نیران چھےٚ۔ اَتھ ہُرس منز چھُ یژمن بابہِ مغل بابے وننہٕ یِوان۔ شعر چھُ۔

دپنے دژ ایکھے گوگل ڈاری منزی یے      مغل بأے یژمن بأیی یے

ووٚنی وُچھتو یہِ شعر۔

وانکن تھٔوی مے زالی گری گری یے      گُل دوخ پٔری یے کلہٕ وندِ یے [8]

اَتھ شعرس منز چھُ اکہِ تاریخی حقیقژ ہُنٛد اعتراف کرنہٕ آمُت ییٚلہِ

---

6۔شیال لال پردیسی، 1987ء، آموٚدری یاتہٕ وبتستا، انت ناگ، ص، 77۔
7۔غلام نبی آتش، 2007ء، کأشر لکہٕ شاعری۔ وکھنے تہٕ وبوٚھنے، سرینگر، ص، 115۔
8۔کأشرِ لکہٕ بأتھ، 1989ء، ترتیب کار۔غلام نبی آتش، جلد 9، سرینگر، ص، 149۔

ایرانُک اکھ پہلوان سام مغفورِ چِھنہٕ ہِنٛزِ کورِ پری دخت پیٹھ فریفتہٕ چھُ گژھان۔ شاہنامُک اکھ حِصہٕ سام نامہٕ کأشرِس منٛز پھِرن وول چھُ لیکھان:

پریدخت ماہ روئے طاقس پیٹھن     چوٗ خورشید تابان رواقس پیٹھن

بہتھ سوندرن ستی دربار گاہ     تِتھے تارٕکن منٛز ماہِ چاردہ

کٔرکھ تازٕ مجلس پیش و بناز     ہیوٚتُک وایِنے چنگ سنطور و ساز

أکِس گوشس اندر بہتھ سام اوس     کران گوش نغمہٕ صُبح و شام اوس

تِہنٛد سوز بوٗزِتھ سُہ بیہوش گو     تِمِس عشقٕنِے منقلِے جوش گو[9]

کأشرِ چھِ مہرِینہِ گُل دوخ پٔری (پٔری دخت) وٕنتھ یہ ثابت یژھان کرُن زِ مہرِینٛز چھنہٕ شکلس لد بلکہِ پادشاہ کورِ برابر۔ یہِ وَنہٕ وُن ہرُ چھُ مہرنہِ مَس تراونہٕ وِزِ وننہٕ یوان۔

اَمہِ خاندانُک بیا کھلُکہٕ شعر چھُ یِتھٕ کٕنۍ:

وُنیکتام سامن گتھ گرِی یے     گُل دوخ پٔری یے گرٕ گژھٕ کھے[10]

اَمیُک آگر تہِ چھُ فردوسی ہِنٛدِ شاہنامُک سامنامہ۔ یہِ شعر چھُ مہرِینہِ روخصت کرنہٕ وِزِ وننہٕ یوان یِیلہِ سوٚ أرِوُن سکھر کران چھِیہ۔ مذکورٕ شعر چھُ تتھ سأری سے ڈٔلیلہِ وحاطہٕ کران۔ یِمیُک آغاز باغِ طوبیٰ منٛز سام تہٕ پری دختِ ہِنٛدِ مُلاقاتہٕ تہٕ اختتام دیوٕ اوٗبرٕ ہِنٛدِ قتلہٕ ستی سپدان چھُ۔ کریری چھُ لیکھان:

9۔ امیر شاہ کریری، 1978ء، سامنامہ کشمیری، سرینگر، ص، 58-57

10۔ کأشری لُکہٕ بأتہٕ، 1989ء، جلد 9، ص، 177، سرینگر۔ ترتیب کار: غلام نبی آتش

بنام خدا ایزدِ داد گر ٹلن او برہا دیو بالائے سر
سر از تن جُدا تس کوٗرن یکقلم سپُن مختصر اوٚبرے ہا دِژم[11]

وسطِ ایشیائی اثراتن ہندی یم وَنہٕ وَن ہُری تہٕ وُچھو

فرہاد لالو دوٕد کوٚل کھٔنی تھو شیرین أنی تھو پانس ستی[12]



دوٕد کولہِ ترُون تژیش موٗلجیو نوش لب زینتھو عجب مُلکو[13]

اول الذکر فوک شعرُک پتھر چھُ شیرین خسرو ناوچہِ مثنوی منز یمیُک کأشُر ترجمہٕ محمود گأمی ین کوٚرمُت چھُ۔ فغفورِ چین سُند اولاد فرہاد چھُ آرمینی کورِ شیرین ہنٛدِس محبتس منز دوٕدِ کول کھٔنِنہٕ نیران۔ تاہم چھُ سُہ وِنہٕ پہاڑے ژٹان آسان زِ بُجہٕ ہنٛدِس ونُس پٹھ چھُ فرہاد تالہِ ٹونگ لٲیتھ پننہِ زندگی ہُند خأتمہٕ کران۔ کأشرِ ونہٕ نُک یہ شعر چھُ مہرازس فرہاد تہٕ مہرِینہِ شیرین وٕنتھ بوش کھالان تہٕ اہمیت تہِ بڑاوان۔

موٗخرالذکر شعرس منز چھُ فرہاد تہٕ شیرین علاوٕ بیٚیہٕ زٕ کردار نوش لب تہٕ عجب ملک یمن اکھ أکس ستی زبردس عشق اوس۔ یمن کردارن ہُند آگر چھُ ضیا الدین نخشبی سنٛز فارسی گلریز یمیُک کأشُر ترجمہٕ مقبول شاہ کرالہٕ وأری کوٚرمُت چھُ۔ یم شعر چھِ نوش ینہٕ وِزِ گوٚنہٕ یوان۔ یمن

11۔ امیر شاہ کریری، 1978ء سامنامہ کشمیری، سرینگر، ص، 328۔
12۔ کأشری لُکہٕ بأتھ، جلد، 9، ص، 184۔ سرینگر۔ ترتیب کار: غلام نبی آتش
13۔ مذکور، ص، 184۔

استقبالی شعرن منز چھُ مہرازس عجب ملک تہٕ مہرینہٕ نوش لب لقب دِنہٕ یوان۔ مہرنی مہراز ہنٛدِ باپتھ عجب ملک تہٕ نوش لب استعمال کرٕنی چھُ گنہٕ شکہٕ ورأے گلریزٕ ہُنٛد اثر۔ وجہ چھُ صاف زِ عجب ملک اوس سبٹھاہ خوبصورت، بختادار، دلیر تہٕ امیر شہزادٕ۔ شاعر چھُ ونان:

| | |
|---|---|
| پرزلون روخ تُسنٛد زن ماہِ تابان | دُچھِتھ کاکُل تسنٛدی سُنبُل پریشان |
| بہر علم و بہر فن اوس کامل | بیین شہزادنے کھوتہٕ اوس عاقل |
| دوہہٕ اکہِ گرم گرتمی مجلساہ جان | بہتھ منز باگ یارن اوس شوٗبان |
| وزیرس کُن دوٗپن چھُوٚ بوزمُت زانہہ | مےٚ ہیوٗ چھا اوسمُت کانہہ شاہزادہ |
| دوٗپس پھیرتھ وزیرو شاہِ عالم | ژےٚ ہیوٗ چھنہٕ کانہہ تہٕ ووٗتھمُت تابہ ایندم[14] |

یتھے پأٹھی چھُ نوش لب ناوٕ کِس کردارس تِمن شعرن ہنٛدِ بدولتہٕ اوبر گوبر:

| | |
|---|---|
| تُسنٛد نوزُکھ کمراز موےٚ بأریک | زِ باریکیش چشمِ عقل تاریک |
| کوٗھسو پیٹھہٕ چھِس پدبن تام روپہٕ ہنٛدی کھم | کفِ پا از کف دریا نہ کینہہ کم |
| مُلِتھ کھورن حِنا کِنہٕ خونِ عشاق | بخوبی چھُس نہٕ کانہہ ثأنی درآفاق[15] |

یِیلہِ مہرازٕ ہوٗر سکھران چھُ، زنانہٕ چھِیہٕ تِتھمن ونہٕ وَن ہُربن ہُنٛد گربز ٹُلان، یِمن پیٹھ سیِٛد سیوٗ دترکستان تہٕ تاجکستانکی اثرات نمایاں چھِ۔ مثلن

---

14۔ مقبول شاہ کرالہ واری، 1982ء، گلریز، سرینگر، ص، 74-73۔

15۔ مذکورٕ، ص، 81۔

نَس چھے تاج دِتھ تاجلستانی　　شُملہٕ چھے ترُکستانی یے[16]

مذکورٕ شعرٕک پۆت منظر چھُ ساسہٕ وادٕ وری ین ہندِس تتھ رِوایتس منٛز چھِپتھ ییمِیُک ثقافتی رشتہٕ کشیٖرِ تہٕ وسطِ ایشیاہس درمیان مشترکہٕ روٗ دمُت چھُ۔ییٚلہِ دستار گنڈُنک رواج عام اوس[17] تاجکستان، ازبکستان، کٲشیٖر، جۆم تہٕ ہماچلکِبن اکثر علاقن ہِندِ بن دھارمِک عالمن تہٕ بزرگن منٛز چھُ وُنہِ تہِ دستارُک رسم موجود[18]۔ دستار چھُ عزت تہٕ روایتی رسمہٕ کِنز ازتہِ مہرازس ہوُور گرٕھنہٕ وِزِ کلس گنڈُنہٕ یوان۔ تاہم چھُ دستار گنڈُنہٕ وِزِ سُہ وَنہٕ وُن وَنہٕ نہٕ یوان۔یتھ پیٹھ وسط ایشیاۂی دستارن ہِنٛز چھاپ چھیہٕ ترٲوِمٕژ۔ یتھ کِنز زن مذکورٕ بالا شعرِ تلہٕ فکرِ چھُ تران۔

یتھے پٲٹھی چھُ وردن سُونہٕ وِزِ یتھبن ونہٕ ون ہُر بن ہُند رواج ۔

سۆٹ چون سُونے ووستے کارن　　موہرن اوٗن مے شُملہٕ دستار[19]



اَلُش[20] اونہٕ مے کوٗہلو وانے　　شاہ پرسند ہے چھی ژور تھانے[21]

---

16۔شیام لال پردیسی، ص،84۔

17۔مذکورٕ، ص،78۔

18۔مذکورٕ، ص،78۔

19۔مذکورٕ، ص،79۔

20۔اَلُش چھِ سنسکرت پٲٹھی ریشمہِ کپرس ونان۔

21۔غلام نبی آتش، 2007ء، تذکرٕ لُکہٕ شاعرن۔ دلکشے تہٕ دیوشے ہمریگر، ص،117۔

کأشرِس تخلیقی کیٚو فوک ادبس منز چھیٚہ قزاق تیر ناوٕچ اصطلاح مأری منز تہٕ حسین کورِ باپتھ استعمال سپدان۔ شیام لال پردیسی چھُ قزاق لفظٕچ بگریمٕژ کأشرِ صورت غزک لیکھان۔ تہٕ اَتھ قزاقی لوکن ہنٛز یادگار سمجھان[22]۔ ممکن چھُ زِ غزک لفظس ماآسہِ ایرانِکس غزاک لفظس ستی کانٛہہ واٹھ۔ یُس ایرانکہِ قدیم سازُک ناو چھُ۔ یہِ ساز چھُ ازکل ایرأنی بلوچستانس منز مشہور۔ یتھ ایرانِکس کمانچہ سازٕ ستی کأنٛی ہشر چھُ۔ آرمینیا، جارجیا تہٕ آذر بائیجانس منز چھُ یہِ ساز سٮ۪ٹھاہ مقبول ۔ تاجکستان تہٕ اُزبکستانس منز چھِ اتھ گچاک ونان۔ یٮ۪لہِ زَن ترُکی، لبنان تہٕ عراقس منز اَتھ سازس کمانچہ ونان چھِ۔ ہندوستان تہٕ پأکستانس منز چھُ یہِ ساز سارنگ ناوٕ زاننہٕ یوان[23]۔

بہرحال قزاق تیرُک آگُر کیاہ تہٕ آسہِ، یہِ کَتھ چھیٚہ شبقہٕ زِ اتھ چھُ وسطِ ایشیأیی شیہلُن۔ تیٚچ بوے کأشرِ فوک شأعری خاص کرونہٕ وٕنس معطر کران چھے۔

پھلی کۄرے قزاق تیرے ... مالیٔن چون رایہ نیرے لو[24]



وردن سۄمبرِتھ سیرے سیرے ... اۆنتھو قزاق تیرے کٔیت[25]

---

22۔ شیام لال پردیسی، ص، 89۔

22-M.T.Faramarzi, 1997, A Travel Guide to Iran, Tehran, P.61

24۔ غلام نبی آتش، 2007ء، کأشرِ لکہٕ شأعری۔ وکھنے تہٕ وبوٚھنے، ص، 164۔

25۔ شیام لال پردیسی، ص، 79۔

یتھے پأٹھی چھُیہ یمن ونہٕ وَن ہُرِن پیٹھ تہٕ وسطِ ایشیاہچ چھاپ ژٕ
یم مہریٚنہٕ تہٕ مہرازس مختلف موقعن پیٹھ ونہٕ ناونہٕ چھِ یوان ۔

گُل نورِ خاب وُچھ دژاس نا ے خأئلی
دِل آرام سوز پٕنٕز مأئلی یے [26]



بابن گری یے کینٕز تے ٹوٗری
رأضی روزی گُل نوٗری یے [27]

ٹنڈس پیٹھ ٹنڈٕ تے ٹنڈس لٔج زیر     کابُل قندٕہار مُلک کشمیر [28]
کرٕبکھ گٔے کوبلس بیٚہہٕ پیشوورس     لالہٕ دژاوصوبیدارس کوٗرمنگہٕ نے

یتھ شعرس پیٹھ چھُ افغان دورک اثر تہٕ یہ چھُ امچہ دأخلی شہادژ
ستی واضح زِ یہ آسہِ افغان دورہے منز بارسس آمُت ۔

وسط ایشیاہکی کم کاسہٕ اثرات چھِ کُنہ کُنہِ کأشرِ فوک شأعری ہندِس
وژُن، مٔنزی بأتھ، نینٕد بأتھ تہٕ ہکچہ بأتن منز تہٕ درینٹھی گژھان ۔ مثلن
مے ہسأ گژھِ ہو مغل چایا ہو     کینزِ کھاسِن مے گژھِ چایاہو [29]
(وژُن)

---

26۔ کأشری لکہٕ بأتھ، جلد، ہشتم، ص، 174۔

27۔ کأشری لکہٕ بأتھ، جلد 9، ص، 178۔

28۔ کأشری لکہٕ بأتھ، جلد 9، ص، 130۔

29۔ کأشری لکہٕ بأتھ، جلد 7، ص، 138۔

قٲندی کُلچے رٹو روما لے　　یار قٲندی رٹو دند مالے تل[30]

(وژُن)

سونس روپس کوٚ رُم دوگل　　مغل دِشتمس بلاے[31]

(منزِلی بأتھ)

اگرچہ یہِ شعر دوٚشرللہِ ناوان للہِ ناوان گوٚنہٕ چھُ یوان تہٕ بظاہر اکھ سیوٚد دسادِ شعر چھُ مگر اَتھ منز چھُ مغل حُکمرٲنی خلاف صدائے احتجاج تہٕ بُلند سپُد مُت۔

پیر وُچھان　آو بالِہ بأ لی　　مستس لتس بُلبُل اَلی (نیٚندِ بأتھ)

جاے اَسس تُرکستانسے　　ہا پانو دوہ گوم کھنٕسے[32]

اَتھ نیٚندِ بأتس منز چھُ حضرت عبدالرحمان بُلبُل صأبس کُن اشارِ یُس روایتہٕ مُطأبق تُرکستانُک روزن وول اوس تہٕ راز سہد یونس دورس منز ووت کٔشیر۔

سوچھے اَلہِ دار مغل چاۓ چوان　　خوجہِ عأ لم وانوِ لوجو لو[33] (بکچہِ بأتھ)

بیٚیہ تہٕ چھِ کٔتی شعر تہٕ ونہٕ وَن ہُری یمن پٔتھ وسطِ ایشیاہکی سرٛنی تہٕ گنی اثرات مرتب چھِ سپدی مٕتی ۔ یمہٕ چھیٚہ کینٛہہ مثالہِ۔

---

30۔ مذکورِ، ص، 171۔

31۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ، جلد، 10، ص، 47۔

32۔ غلام نبی آتش 2007ء، کأشرِ لُکہٕ شأعری۔ وکھنے تہٕ ونیو ھنے، ص، 80۔

33۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ، جلد، 7، ص، 54۔

بابہٕ چھُس گومُت شہرِ شیرازس    انے مہرازس رُتے اطلاس

☆

سترنجہِ وہٕری مے کولہٕ ڈنجہِ رادس    شیرٖین سال کوٚر فرہادس

☆

واہ واہ مغل ٹوٗپۍ ہے أنۍ نم    دوٗ رِ پیٹھہٕ ہے أنۍ نم ژوٗ رِ ژوٗ رِ أنۍ نم

☆

ناٗلۍ چھےٚ اطلاس مَلمَل تہٕ ذٗری یے    چین ماہ چینچ پٔری یے لو

☆

فرہادشیرین پتھ اوس موٚت یے    ژٕیری مہرازٕ سون کوٚت یے دژاو

☆

وُچھۍ تن یہ تیمور، عالمس چھُ مشہور    لُنڈ چھےٚ زنگ تَبس ، اۆر جان منگتس

☆

یارقٔندی گُری ہٕنڈِ دِل چھُ کریشان    یار قندانہٕ ہون زینانے

☆

پوٗپھہٕ چھے دیان سائٔن گلنوری    بہ ہے پوٚ پھوے سکھرے لیس

☆

کیازِ دِژوَس شہرن دوٗری    سائٔن کوٗری اند وأتی نے



# کتابیات


1. Abazov. Rafis, 2007, Culture and Customs of the Central Asian Repulics, Green wood press, London.
2. Alan . Dundes, 1965, The Study of Folklore, Prentice-Hall, USA.
3. A.Robert.George, Michael Owens Jones, 1995, Fclkloristics: An Introduction. Indiana University Press, London.
4. Azarly Gholamraza, 1999, First Iranina Contributors to the collection of Persian Proverbs. Iran.
5. Cohen. Abrahim, 1911, Ancient Jewish Proverbs, London.
6. Chapekar. Nalinee. M,1988, Ancient India and Iran, New Delhi.
7. Encyclopedia of Islam, 1978, Vol. iv.
8. Faromarzi. M.T, 1997, A Travel Guide to Iran, Tehran.
9. Funk and Wagnalls, 1949, Standard Dictionary of Folklore, Mythology and Legend, ed. Leach Maria, Vol.1, New York.
10. Hasan.Mohibbul,1959, Kahsmir Under Sultans, Culcutta.
11. Karagiogas-Panos, 1991, Greek and English Proverbs - introduction. London.
12. KashKari Sudarashan, 1962, The wit of Kashmir, Research and Publication. Deptt. J&K Govt. Srinagar.
13. Knowles. J.H.1893, Folktales of Kashmir, Asian educational services, Delhi.
14. Mukherjee.B.N.1996, India in Early Central Asia. New Delhi.
15. Shali.S.L, 1993, Kashmir: History and archaeology through the ages. New Delhi.

16.Sofi.G.M.D, 1974, Kasheer, Delhi.

17.Tikku.G.L.1971, Persian Poetry in Kashmir 1939-1846, London.

18.Vachha.P.B,1950, Firdousi and the Shahnama, Bombay.

19.William, Bascom. R, 1954, Four functions of Folklore, The Journal of Amrican Folklore, Vol. 67. U.S.A

20-اختر۔بشیر، 1991، کأشرِ پرٛیو، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

21-انصاری۔نشاط 1989، کأشرۍ صنائع، نشاط پبلی کیشنز، دلنہ بارہ مولہ۔

22-آتش۔غلام نبی۔آش، موہن لال، 1985، کأشرۍ تلمیح، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

23-آتش۔غلام نبی 2007، کأشرۍ لکہٕ شاعری۔وکھنے تہٕ وینٛوھنے۔سرینگر

24-بھان پُشکر، محی الدین، اختر، 1962، دلیلہٕ، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر

25-پردیسی۔شام لال، 1987، آموٗز ری یاتہٕ ویتستا، ماہ نو بکسٹال، اننت ناگ۔

26-ٹینگ۔محمد یوسف، 2008، کأشرِ کتاب، دہلی۔

27-حاجنی۔محی الدین، 1967، مقالات، سرینگر۔

28-حاجنی۔محی الدین، 1971، لکہٕ رَس، حلقہ ادب سوناواری، بارہ مولہ۔

29-حاجنی۔محی الدین، 1961، کأشرِ نثرٕچ کتاب، ساہتیہ اکادمی، دہلی۔

30-حاجنی۔وہاب پرے، 1977، شاہنامہ کشمیری، غلام محمد نور محمد تاجران کُتب، سرینگر۔

31-دیدمُری محمد اعظم، 2001، واقعات کشمیر، مترجم، شمس الدین احمد، سرینگر۔

32-رضا۔ہاشم، 1343، دین قدیم ایرانی۔از آغاز تا ظہور زرتشت، ایران۔

33-رومی۔مولانا جلال الدین، 1976، مثنوی مولوی معنوی، مترجم۔مولانا قاضی سجاد حسین، دہلی۔

34-فوق۔محمد الدین، 1984، شباب کشمیر، سرینگر۔

35-فیروز الدین، مولوی، 1988، فیروز اللغات، دہلی۔

36-کلہن۔پنڈت، 1989، مکمل راج ترنگنی، ترجمہٕ۔اچھر چند شیپور، چنار پبلشنگ ہاؤس، سرینگر۔

37-کریری۔امیر شاہ، 1978، سامنامہ کشمیری، غلام محمد نور محمد تاجران کُتب، سرینگر۔

38-کرالہ واری۔مقبول شاہ، 1982، گلریز، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

39-کھویہامی۔حسن شاہ، 1957، تاریخ حسن، مترجم۔مولوی محمد ابراہیم، سرینگر۔

40۔ مسکوب، شاہرخ، 1348، داستان رُستم و اسفند یار۔ تہران۔

41۔ محمود، بذلِ حق، 1989ء ایران کے عوامی گیت اور عوامی کہانیاں، لاہور۔

42۔ ناظر، غلام نبی، 1988، کاشرٕ دٕپتہٕ، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

43۔ کاشُر انسائیکلوپیڈیا، 1986، جلد اول، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

44۔ کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ، 1973، ترتیب کار۔ محمد احسن احسن، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر

45۔ کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ، 1975 جلد 7، ترتیب کار۔ شام لال پردیسی، سومناتھ سادھو، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

46۔ کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ، 1988، جلد 8، ترتیب کار۔ غلام نبی آتش، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

47۔ کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ، 1990، جلد 9، ترتیب کار۔ غلام نبی آتش، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

48۔ کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ، 1997، جلد 10، ترتیب کار۔ رتن لا جوہر، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

49۔ کلیات محمود گامی، 1977، ترتیب کار۔ ناجی منور، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

50۔ کلیات مہجور، 1983، ترتیب کار۔ محمد یوسف ٹینگ، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

51۔ کلیات وہاب کھار، 1999، باوتھ کلچرل سوسائٹی، سرینگر۔

52۔ کلیات احمد بٹوٲرٕ 1999، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

53۔ شیرازہ۔ مغل اور کشمیر نمبر، 1989، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

54۔ ہمارا ادب۔ لوک ادب نمبر۔ 76-1975، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

55۔ سون ادب 1981، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

